# داغ
# داغ
# دِل

سۆنتکی واون دلکین داغن نو رَس دِتھ کھولن نو جوش

أچھِ چھَم زالن باغۂ پھُلیہ ووٚنی کیٛاہ کرِ باغۂ بہارچ کتھ

طالب حسیٚن رِنٛد

شعبہ نشر و اشاعت کاشُر مرکزی ادبی فورم جۆم

# داغ داغ دِل

# DAG DAG DIL

© طالب حسیٖن رِنٛد

چھاپ : 2004

تیداد : 500

نائشر : کأشُر مرکزی ادبی فورم جۆم

پریس : جے۔ کے۔ آفسیٹ پرنٹرس، دہلی

کمپیوٹر کمپوٗزِنگ : رِنکوکول (95191-2595136)

موٗل : RS.150

سرورق : مصنّف

ترتیب : اسیر کشتواڑی

کِتاب میلنگ پتاہ:

☆ طالب حسیٖن رِنٛد، محلّہ نوآباد (چکہ)، بھدرواہ،
ضلع ڈوڈہ، (جموں وکشمیر)

☆ اسیر کشتواڑی، 79 این پونچھ ہاوس، تالاب تِلو، جۆم۔

# انتساب

۱ے ماجہِ تہٕ مألی ہٕنٛدِ ناوٕ

۲ے دِلکمن تِمن داغن تہٕ چھوکن ہٕنٛدِ ناوٕ یِم بِلتھ ہیٚکی نہٕ۔

# فہرس

# شرٛتۍ شارُت

کاشُر زبان چھےٚ پیرِ پانژٲل بالہٕ ییٚاری تہٕ دٔور دٔور تام تھدٕ بن کوٚ ہسارن تہٕ شیٚینہٕ صحراون منٛز پٔننۍ تہذیبی تہٕ لِسانۍ شناختُر ہیٚنز علم برقرار تھوتھ پٔننۍ ثقافتی تہٕ ادبی خوشبوٗ یہِ لہراوان ۔ بھدرواہٕ ٹِک مٲری موٚند تہٕ خوبصوٗرتھ علاقہٕ ییتھ کشمیر صغیر تہٕ ونان چھُ ، چھُ یتھوٕ ے بختاور علاقو منٛزٕ ییٚمہٕ کاشُر زبٲنۍ منٛز اَسہِ رسا جاودانی یَس ہیوٚ پوٚختہٕ کار، پاسہٕ تہٕ باعظمت شاعر دِیُت ۔ وفا بھدرواہی تہٕ بشیر بھدرواہی صاب رٔودی اَتھ پتھرِ منٛز اَمہٕ رِوایتُک تُسلسل برٕ ونہٕ پکناوان ۔ رِند بھدرواہی چھُ اَتھی فردوس نظر سَر ییہٕ ستی تولق تھون وألی نمائندہ تہٕ ممتاز شاعر تہٕ ادیب ییہٕنز فِکری تہٕ فنی تابانی اَتھ

تارکھ مالہِ منٛز پننہِ منفرد آیہِ گاہ چھےٚ ژھٹان۔ رِنٛد بھدرواہی سُنٛد ا
اِبتدأیی تہٕ جاےٚ شغف یوٚ دوَے اُردو نظم نثرتہٕ صحافت روٚ دمگر پننہِ
ماجہِ زبوتہِ روٚ دی یمٕ برابر سگوان تہٕ لول بران یتھ منٛز یمٕ پٔننی جوہر
جاےٚ رمبہٕ وٕنہٕ تہٕ پریہِ وٕنہِ انمانہٕ بدٕ چھِ کڈان۔

رِنٛد بھدرواہی چھِ اَکھ فِطری شأعر یِہنٛد شأعرانہٕ لہجہِ
سأدر وارتہٕ دِلنواز چھُ، یتھ منٛز دِلس ترِتھ گژھن وٚول اکھ سوٗز۔
اَکھ رِندانہٕ دل ہُشیاری، اخلاقی شُوژرتہٕ سنجیدگی موٚجود چھِ۔ زیرِ
نظر انمانہٕ شعر سوٚمبرن چھِ یِہنٛد امے باوژ بلگ تہٕ سنہِ اِحساس
وآگہی ہُنٛد اکھ سرتازٕ ووہار۔ سومبرنہٕ منٛز چھِ ۴۵غزلہٕ، ۷ وژن، ۴
نظمہٕ تہٕ کینٛہہ ٹُکھ شأمل۔ یمٕ عشقِ ومحبت، اخلاقی قدرن، عصری
آشوٗبکی تہٕ فِکرو آگہی ہنٛد مختلف رنگ دأیراوُن چھُ۔ یِہنٛدس
کلامس منٛز چھِ اَکھ نوحبس آگہی آسنس ستی ستی رواتچ محکم گرِفت
تہٕ اٗڈرن تہِ موٚجوٗد۔ یُس یِہنٛدس شعروترس اَکھ طرح دأری تہٕ
شرٕبتی آہنگ عطا چھِ کران۔

انگریزی زبانٕ ہٕنڈِس مجاز پرست تہٕ دل گنڈُ از شاعر شیلے سُنڈ وَنُن چھُ زِ شاعری چھِہ سانٮ۪ن ایحساسِ محروی ہٕنڈ ٮ۪ن جذ ٮ۪ن ہُنڈ اَکھ وِلنشین پوٚت صداتہٕ رِنٛد بھدراوہی ہٕنڈِس کلامس منٛز چھُ اَسہِ اکثر جاین ییٚتھے ہیوٗ اکھ ایحساس دِلس زنتہٕ ووکھرُ ہیوٗ دِوان۔ یمنٛز یوٚ دوَے نظم، رُباعی بیٚترِ تجرُبہٕ تہٕ پاٹھناوان چھِہ مگر مجموعی طور چھِہ یِمی غزٕلکی شاعر۔ ییتھ منٛز یمیٚ پنُن اَکھ بڈُون تہٕ ماری موٚنڈ رنگ بدِ چھِہ کڈان۔ یمی چھِہ شٕترٮ۪ن ہموار تہٕ ترنم دار زمین ہُنڈ انتخاب کران تہٕ باضے چھِہ سخت تہٕ سنگلاخ زمینن منٛز تہٕ پننہِ امارٕکی گولاب وو پداوان۔ یِہُنڈ لفظُت، استعارہ تہٕ تشبیہات چھِہ معنہ سأوی یمن اَکھ پٔنٛنی تاہ دأری، رنگ تہٕ آویزش چھےٚ۔ رِنٛد بھدروأہی سُنڈ کلامہٕ چھُ تعشوقُک تہٕ دردِسوزُک اَکھ سوٚن امار ہبتھ ییتھ منٛز اَکھ ووٗ ہون حرارت ریٚہہ چھِہ ژھٹان تہٕ یُس پرن وألس سوٚت سوٚت پنُن ثاو تہٕ تژر محسوس کرناوان چھُ۔

اِضطرابس پیٚیہِ ننبد رہش محبتس لۆگ شاپھ ہیٚو
یا تہٕ چھُنہٕ دوٚدِ ے دِلس نتہٕ ترٛوو دادیو ڈاف ہیٚو
اوس رتھ یوٚت تام گرکہٕ وُن وُچھنہ مےٚ تہٕ بُتراژی گُن
تیٚلہِ وُچھُم ییٚلہِ گوم الفس دال دالس قاف ہیٚو
کھُندی اَسم قدمس قدمس پیٹھ وتھ اَسی سکہٕ ژی گُنہِ اَسی کنڈ یل
رِکتھ پاٹھی یمو کُنڈی زالو پیٹھی رِندانہٕ پوٗکس حارٲنی چھم
دِل چھم دوٗ دمُت ووٗنی چھُم باسان ہر دُک سونتُک واوہیوٗ ی
مطلب چھُنہٕ کانہہ کرتن نارٕچ یا کرتن گلزارٕچ کتھ



رِنٛد بھدرو آہی صأب چھُ صحراوُک اکھ تیٚتھ گلالہٕ یَس
اَندی اَندی گیٖلی یارٕ ون تہٕ تھٕدی شینہٕ سنگر مو ہلک اِستادٕ چھِ یتہٕ
رٕ بودی ژھایتی تہٕ ژھوپہٕ ڈاف ترٛاوِتھ چھِیٚہ ۔ سُہ چھُ فطرِتکس
اَتھی شوژ خلوتس منٛز باضے پنٕنی تنہا آسُن محسوس کرن تہٕ باضے پٔنٕن
اَرزوین ہنٛدی خاب شیرٕنکی یمہٕ آیہٕ سنٛز کران ۔

سُہ تہٕ وَن سے مَنٛز بہٕ تہٕ ون سے مَنٛز وتھا اکھ لیکن کتھ نہٕ تہٕ باتھ
ننگرس ہٕتی کیا لعل فروشس پکھ نیر بڑ ونٛہہ کُن منٛزل ژہار



بہار گوٚٹ گوٚٹ گُلن زَ زُر ہیوٚ فسردگی ہِش چھِ جانوارن
خزاں چھُ پانس بیٚونُے پریشان رِوان چھُ بادِ صبا تہٕ تنہا
ییٚلہِ نہٕ اوسُے قسمتس میٚانس لیکھتھ باغُک بہار
شیٖنہٕ مانٛبن تل پٔنٛنی ہاوس میےٚ اِد ساوِم تہٕ دژاس
شہر ترٛاوِتھ ییٚلہِ ژوٚلس بیٚوٹھُس ونس مَنٛز دُورِ پتھ
فِکرِ تے غم ہٕتی آیم اَتی نوٗے شہراہ بنیو
ینہٕ وَوٚل چھُ سونٛتُک واوگُلو ژلہِ وندُک سوٚرُے روش پگاہ



شعر چھِ تخلیقی آگہی ہُند اکھ بےٚ پھرٛوک تہٕ فطرِی عمل تہٕ
یہِ چھُنہٕ محض جذباتن ہُند لفظی پٲراوِی یوٗت۔ ئلی کہِ گژھِ بقولِ
شیٚلے شعر مِنٛز تتھی کنٛز وُزُن یتھ کنٛزلنٛجہِ مَنٛز گب چھُ نیران۔ جذبُک

یہِ بے ساختہٕ اِظہار چھُ رِند بھدر وأ ہی ہِندِس کلامس پٔنُن اکھ خاص آہنگ تہٕ اَرتھ عطا کران۔ بامے سُہ غم دوران کہِ کرب واحوالچ کتھ اٗسۍتَن کتھ اٗسۍتَن، محبت کٕبن راز ونیازن ہِندی رٚیشمی پَن اَبساوِنۍ اٗسۍتَن یا زندگی ہِندِ فلسفک زٲوجاری ویژھناوُنک معاملہٕ اٗسۍتَن۔مِثالہٕ پأٹھی یِم شعر۔

دوستو یِیہِ تٔسۍ حرف لفظس تہٕ اظہارس میےٚ کیٚاہ

وعدہ دِتُمت چھُن اگر ووٚنۍ ڈوٚل سُہ اقرارس میےٚ کیٚاہ



یہِ تروٗس اَجہ وَتےَ یارو رفیقو، وُچھان روٗدُس غُبارِ کاروانس اگر ووٚنۍ آسہِ آمُت گاش یِیہِ تن، میےٚ گُزرٕم انہِ گٹس منٛز نوجوانی



خاب وُچھی وُچھی تھوٚکُس تہٕ وُچھنُے چھُس

اتہِ تہِ موکلاہ بہٕ زانٛہہ وُداسی چھم

پوٚز وَنتھ ناکارِگی ہُنٛد کار، بدکوٚر اٗمۍ رِندن

عالمس بدنام گوو ووٚنۍ اَسہِ تہِ پزٕ واپس پکُن

رِندٓ بھدر وآہی سُنٛد پوٗرٕ ناو چھُ طالب حسیٖن ۔ گوڈٕ آسی طالبٓ ناوٕ لیکھان تہٕ پتہٕ کوٚرُکھ رِندٓ تخلص یختیار ۔ یِم چھُنہٕ رِند مشرُب ئلی کہِ چھِ شوٗژ اخلاقی قدرن ہِنٛدی طاۂلب ، ترٕجمان تہٕ پننہِ اکہِ بے داغ تہٕ دیانتدار کردارٕ رنگی پننۍ اکھ خاص پرٛزنتھ تھوان ۔ یِمن یُس خُمار خاص چھُ سُہ چھُ روٗحانۍ معرفتُک تہٕ حُسنِ عقیدتُک خُمارٕ یُس یِہُندین مناجاتَن تہٕ نعت شعرن منٛز پننۍ خوشبوٗ تہٕ تراوت محسوٗس چھُ کرناوان ۔

ذاتِ پاکن سوٗز اَسہِ کُن رہبرا خیرالبُشرؐ
گوڈٕ بوٚرن دیٖن مُبیٖنس میٲنۍ حض وٕنۍ زبو سلام
شرف تَس پاۓ نازن میٹھۍ کرنُک سَپُد حاصل سَپُد عرشِ برٛینس



رِندٓ بھدر وآہی ہنٛز اخلاقی شاعری ہُنٛد ورتاو چھُنہٕ محض کانٛہہ رسمی وعظ گویی ئلی کہِ چھُ یہِ یِہُنٛد اعترافِ عجزُک تہٕ خود احتسابی ہُنٛد اکھ سُہ روٚیہِ تہٕ اظہار یَتھ اکھ سوٗن ووٗنت چھُ تہٕ یُس سانہٕ اجتماعی بے

راہ رۆی تہٕ غفلت شأری نبستھ اَسہِ اَکھ زوردار ژینہٕ وُن دِوان چھُ۔

کیٛاہ سنا حاصل گژھم سجدن اندر اَتہِ دوستو
چھُس پکان قدمس قدم ملوتھ بہٕ گونہس ستی ستی
اَسہِ چھِ ووٚنی آداب بدلاٚئمتی دُعا منٛگنٕگی رِندو
فضل بأری أسی چھِ کانٛچھان حرص وٕطمس ستی ستی



ژیتَس میٚے تھاٚمژ چھِ چاٚنی رحمت اگادِژری پاٚٹھی چھُس حرامس
خدایہ لگہٕ ہے بلایہٕ ناوس غلاف زانٛہہٕ تُل نہٕ میٚے تہِ قُرانس



مٲل دِلُک نے چھول تہٕ کیٛاہ حاصل چھُ چھلی چھلی پان رِند
یا گذُرانِ زندگی سجدس تہٕ استانس اندر
رِندو اَز یتھ حماس منٛز گمتی سأرے چھِ أسی غبتھٕ نٕی
ہیٛژا اَسہِ کاٚنسہِ پانٛس سام اَسہِ نِشہٕ دور گوو منٛزل

تِتھے پأٹھی چھُ یِہنٛزن "خواب" تہٕ "مرنہٕ پتہٕ" نظمن منٛز خوشُک زوہدہ گری تہٕ رِیاہَس پیٹھ تہٕ سوٚن تہٕ زوردار طنز پاتھان۔ رِند بھدرواہی چھِ اَکھ حبس آگاہ تہٕ تازٕ فکر قلمکار یہُند مطالعہ سوٚن چھُ۔ یِمی چھِ نوبن شعری رٕ وَین تہٕ عصری حسیٕژی ہُند اکھ سوٚن تہٕ گون شعور تھوان۔ قدرن ہنٛز وَدل، ذہنی انتشار، نفسا نفسی، قتل و غارت گری تہٕ حقوقن اِنسانٕی ہنٛز پامألی ہیوٚ موضوعات چھِ یِہنٛز تخلیقی پوکھر ہنٛدی محرک۔ اتھ سأرسے سماجی تہٕ سیاسی کرب واحوالس نِسبتھ چھِ یمی پننہٕ مخصوص انداز اَکھ لوٚتوے لوٚتوے تہٕ زیرِلب شکوہ یمہٕ آیہٕ کران۔

اَز اگر اتھ چھس گمتی رتہٕ دأوی گژھنس بیقلس

باغوانن کنڈی چھِ ؤ وٕتی پانہٕ گُلزارس میٚے کیٚاہ

سال گٔری گٔری واو ہردُن گرٕ پنٛن مہمان اوٚن

وونی چھِ حأرانی جہانس گُلستانس گوو یہِ کیٚاہ

سفر گووزٕ پوٚتھ ییٚنہٕ کینٛہہ گام اَسہِ نِشہِ دوٗر گوو منزل

خطا پنٛنی چھِ اَسہِ کیٚا ہتام اَسہِ نِشہِ دور گوو منزل

کُس چھُ معلوم آسہِ کُس طوفان بُتھِ اَسہِ مُنتظِر
رہبرا ڈیُوٹھم کران گُھرِ دار ہش تقریر بیۍ



بُلبُل دمہٕ پھٔٹ راوٕمتۍ ہیوٗ
چھمنس أنڈی أنڈی گانٹہٕ تہٕ کاوٗ



رِنٛد بھدروأہی سُنٛد شعر مزاز چھُ دلپذیر یہٕنٛدس کلامس منٛز
چھُ پَنُن اکھ لوٚبہٕ وُن تہٕ دِلچسپ علاقائی انہار موٚ جودیُس اتھ پَنٕنۍ اکھ
خاص پریز نتھ تہٕ پرأ وِش چھُ عطا کران۔ یِمۍ انداز یمو کینژہ وشعرٕ
مصرعو تلہٕ ننہٕ یمۍ نوموٗ نہ رٔنگۍ یتیمن پیش چھِ۔

پکتھۍ کینٛہہ پرۍ یکجاُ وتھ ژٔتھ گوو
اوٚ ے چھم راتھ دوہ أچھۍ ڈوٚنٛتھ والن
ژٕ یکھنا دِلبرو مہمان خابس
لوٚژر گژھم میۓ دِلہ کِس اِضطرابس

اجہِ وتہِ وأتِتھِ یار گو ترٛأوِتھ

کمنأوِتھ گوو سورُے ڈٕوٚنٛتھ!

خطا سنٕہ اوس کس مولوٗم چھُنہٕ کینٛہہ

اماپوٚز میانہِ کلہٕ اِلزام تھووٚن



ہنگتہٕ منگہِ کیٛاہ گووِیہِ انسانس تہٕ بُتھِ آوُس مقام

ژٕج أچھومنٛزٕ کوٚت سوٚ شفقت گووسنا کوٚت احترام

گُلہم پأٹھۍ چھَ یہِ شعر سوٚمبرن کأشرِس شعروادبس منٛز اکھ

باوٕن لایق ہُریرتہٕ وومید چھِ زِ کأشر ادب شناس حضرات کرن

یتھ بالہٕ یپارمہِ اَکہِ ادبی توحفہٕ رٕنگی وژھِ وأنٛجہِ قدر افزایی تہٕ

استقبال تہٕ رِندصائبنس یمہِ شعرکس دوٚیمس مصرعس نِش صرِف نظر

کرنس ستۍ ستۍ کرن اَمہِ کس گوڈنکس مصرعسّے تائید۔

نو کتہِ دانن آو خوش یتہٕ میٛون اندازِ بیان

نو کتہِ چینو ہیتۍ مگر سوٚمبرنی کتھن ہند تِر بیٛہِ

منشوٗر بانہالی

# صدائے دِلنواز

طالب حسین رٙند چھِ پٔتمِو ژٔتجھو وٕریو پیٹھٕ کأشرِس تہٕ اُردوہَس منٛز طبع ازمائی کران۔ تہٕنٛدِس اَتھَس منٛز آمژٕ یہِ شعرِ سۆمبرن چھِ شعرتہٕ اَدبکِس باغَس منٛز خون زألتھ تیار کرنہٕ آمژٕن تخلیقاتَن ہنٛز سۆندر تہٕ موقر کِتاب۔ رٙند چھِ کشمیرِ صغیر یانے بھدرواہکی اَکھ پُرکشِش، بُلند خیال، نیک سیرت تہٕ نفاست پسند تخلیق کار، ناقد، محقق، افسانہٕ نِگار تہٕ شأعر۔ تہٕنٛز دوستی تہٕ مہمان نوازی تہٕ چھِنہٕ کانٛہہ جواب۔ تِم چھِ محنتی، خوش گفتار آسنہٕ علاوٕ ہردلعزیز مُلازمِ سرکار۔ یِہنٛزٕ ایمانداری پیٹھ چھُ تألیمہ ہٕنٛدِس محکمس سبٹھاہ فخر۔ تہٕنٛز شاعری چھِ یُزٕ پأٹھی صدائے دِلنواز تہٕ تہٕنٛد

کلام چھُ لۄکن منٛز دۄر دۄر تام پسند تہٕ مشہوٗر۔ رنٛد صأب چھُ
کأمیابی تہٕ ناکامی زندگی تہٕ موتکی پأٹھی اکھٕ اَکس لرِ لورزأنتھ پَنہٕ
نِس پانَس سام ہینگ تہٕ پنہٕ نٮ۪بن کوتاہَن دۄر کرنک وسیلہٕ زانان۔
رنٛد موصوف چھُ سراپا عجز و انکساری ہُنٛد بوٚڈ نۆمونہٕ۔ تِم چھِ اکھ
خاص تشخص قایم کرنَس منٛز کامرأنی تہٕ کأمیابی ستی ہمکنار گأمتی۔
ڈوڈہ ضلعکی سرکردہ نثر نگار، محقق، نقاد تہٕ مبُصرِ شآد فرید آبادی چھِ
میٲنی ہم خیال بٔنتھ رقمطراز۔ "رنٛد چھُ اکھ شریف ابطبع، منکسر
المزاج، خوددار تہٕ کم گو شخص۔ تہنٛدِس کلامَس منٛز چھُ ترنُم، سرود،
سادگی، ٹھہرٲو، رچاو، روأیژ ہنٛز رنگ آمیزی تہٕ جدید حیس آگہی
ہنٛدی دِل پذیر اثرُک حسین امتزاج نظرِ یوان۔" رنٛد صأب چھِ
تأریفو تہٕ تنقید ومنٛزٕ ژ گتھ ژأرِتھ رِتہٕ کھوتہٕ رُت شعر وَنان۔ تِمن
چھُ یقین کامل زِ معرفت چھُ عارف سُنٛد عشق تہٕ سوز وُچھِتھ پانٕے
تَس آلو کران۔

معرفت پانے چھُ ژھانڈان عارفس پننہٕ نس مگر
ساز آفاقی وَزُن گژھی جذب وسوزَس ستی ستی



طالب حسیُن شیخ چھُ رنٛد صائبُن پوٚرِ ناو۔ یِہُند زاسنہٕ چھُ 16/اپریل 1947ءٕ۔ طالب صاب زاو بھدٕرواہکس چھنا (درنگہٕ) گامَس منٛز۔ اَزکل چھِ تم محلّہ نوآباد (چکہ) بھدٕرواہ بَسان۔ طالب حسیُنن کوٚر 1961ءٕ یَس منٛز کشمیر یونیورسٹی پیٹھٕ میٹرک، علی گڑھ مُسلم یونیورسٹی پیٹھٕ 1968ءٕ یَس منٛز اُدیبِ ماہر تہٕ 1969ءٕ یَس منٛز اُدیب کامل امتحان پاس۔ لوکچہٕ وأنسہٕ منٛز آیے تم ایجوکیشن ڈِپارٹمنٹَس منٛز جونئیر اسٹنٹ تعینات کرنہٕ۔ اَز چھِ تم چیف ایجوکیشن آفِس ڈوڈہَس منٛز سیکشن اَفسر۔ رنٛد صائب چھِ سیوٚد ساد تہٕ دیندارانہ زندگی گذٲرَن۔ تہُند ریش چھُ تہٕندِس دلآویز شخصیتس زیادِے پہن خوبصوٗرت بنأوِتھ تمن کُن مُتوجہ کرِناوان۔ تہُند اندازِ تکلم تہٕ تبسم چھُ تہٕنزن کتھن ہُند منٛچھر ویژھناوان۔ یہِ چھُس پانہٕ رنٛد

صأبہٕ نبن میچھن تہٕ دأنشمندی ہئزن کتھن پیٹھ گھنٹہٕ وادن غور کران تہٕ تہُند گلٕی گلٕی گرژھن چھُم تہُندِ ی بجرُک اعتراف کرناوان۔ اَ ویُل تہٕ زاَ ویُل رنَد صأب چھُ پزٕ پأٹھی اکھ نوزُک خیال شخص۔ وقتس پیٹھ پأنژھ نمازٕ تہٕ چھِ گوڈٕ پیٹھی پران رودمُتی۔ رٔوزٕ تہٕ چھُ باقاعدٕ تھاوان۔ تَس چھُ عالمکین انسانن خاص کٔرتھ غریبن تہٕ نادار لۆکن ہتی خاص ماۓ تہٕ محبت۔ تِم چھِ لۆکن ہُند دٔود پٔژُن دٔود زاَنتھ اکثر أنٛد رِمہِ دزِ دزُک اظہار اَکِس منفرد اندازس منٛز کران۔ اَتھ ملألس تہٕ اظہارس چھُ کافی اثر یمہِ بدولتہٕ رنَد صأب چھِ عام لۆکن ہنٛدین دِلن منٛز جاے کٔرتھ۔ تِم چھِ وادیٔ چنانٛچ اکھ مُعتبر تہٕ دِلنواز صدائٔنتھ اظہار چیبن تارَن زیر دِتھ میوٗٹھ تہٕ مودُر کلام ساۓ دگی تہٕ فنی مہارتہٕ ہتی اَسہِ تامَتھ واتناوان۔ رنَد صأبُن انسانی برادری ہُند خیال چھُ تہُندس عزتَس تہٕ احترامَس منٛز کافی ہۆریر کران۔ رنَد صأب چھِ پٔننٮن تجرُبن بُنیادبنأوِتھ یمہِ آیہِ قلمس حرکت دِوان۔

روزمہ غافِل زیرٕ دِہ ہوشس پکھ نِر بڑوٗنہہ گُن منزل ژھار
وَق چھُنہٕ پراران کائنسہٕ منوشس پکھ نِر بڑوٗنہہ گُن منزل ژھار



پاد پھُلی اَسہٕ برہمنن پیرن فقیرن پتہٕ پکِتھ
دُور أسہٕ آرام گووٕنی آسی تہٕ پڑ واپَس پکُن
روٗپھ تہٕ شیشٕر پڑ زناوَن کُس چھُ یتھ بستی اندر
ییلہٕ سوٗنس یتہٕ تڑ ام گووٕنی آسی تہٕ پڑی واپس پکُن



رٔند صأبُن تعارُف اوس مےٚ غائبانہٕ ۔ 1971ہٕ یَس منٛز
گوس بہٕ بھدرواہ کالجس منٛز گریجویشن کرنہٕ باپتھ دأخل ۔ تِمن
دوہَن اوس رٔند صأب بخشی یتہٕ گلوکار بھدٕرواہَس منٛز مشہوٗر تہٕ أمی
سنٛزٕ کأشرِ غزلہٕ اوس میٛون اَکھ ٹوٹھ ہم جماعتی تہٕ دوست مرحوم بشیر
احمد صأب خأکی پیرڈَن منٛز گیوان ۔ میٛے آو رٔند صأبن کلام تہٕ تہُنٛد
بیٛون لہجہ پسند تہٕ تِمن سٕتی مُلاقاتھ کرنک موقہٕ میوٗل میٛے ڈوڈٕ ییلہٕ تِم

تہٕ بھدرواہ پیٹھ تبدیل سپدتھ اور آیہِ اِنہٕ ۔ فرید یہ بزمِ ادب ڈوڈٕ کِبن کُل ہند مخلوط مُشاعرن منز ہیوٚت رنؔد صابن تہٕ حصہٕ تہٕ اَسہِ کوٚر اَتہِ باہمی صلح مشورہٕ ستی اکھ موافق ادبی ماحول تیار۔ رنؔد اوس گوڈے اقبال بزمِ ادب بھدرواہس ستی وابستگی تھاوان ۔ تِمو تہِ کٔری بھدرواہس منز کینٛہہ رتی مُشاعرٕ یمن منز بیٛو شوقینو علاوٕ بہ تہٕ شامِل روٗدُس ۔ فرید یہِ بزمِ ادب ڈوڈہَن کٔری "انوارِ فرید یہ" ناوِچ کِتاب شائع تہٕ رنؔد صابن کٔری کینٛہہ کالی پتہِ "کہکشاں" ناوِچ بھدرواہچ ادبی تواریخ مُرتب ۔ اَتھ کِتابہِ مُتعلق چھِ مشہوٗر تہٕ بزرگ شاعر ڈاکٹر منشاء الرجمان منشاؔ ( ناگپوری ) تحریر کران زِ......

"جناب طالب حسین میخانہ شعرو سُخن کے ایسے رِنؔد کامل ہیں جن کی رندانہ اور شاعرانہ طبیعت سے میں بہت متاثر ہوا ہوں ۔ صاحب موصوف جہاں رموزِ فکرو فن پر گہری نظر رکھنے والے پُر مذاق شاعر ہیں، وہیں پُختہ مذاق نثر نِگار بھی ہیں ۔ " کہکشاں " کے ادب پارہ میں جناب رنؔد نے شہرِ بھدرواہ کے اُردو کشمیری اور بھدرواہی

زبان کے ارباب فکر وفن کی سوانح حیات اور ادبی خدمات کا نہایت جامع انداز میں احاطہ کیا ہے۔ یہ ایک بُنیادی اور کلیدی کارنامہ ہے جس کے ذریعے علاقہ کی تاریخ بیان کی گئی ہے۔ ان کا اسلوب تحریر خوبصورت ہے۔ زبان سادہ، سلیس اور اندازِ بیان شگفتہ ودل پذیر ہے۔"

اقبال بزم ادب بھدرٕ واہکی صدر طالب حسین رٔند صأبن گرِی "شہر آشوب" تہٕ "ؤفا بھدرواہی شخصیت اور فن" نأوچہٕ زٕ کتابہٕ شائع یمن منٛز تہنٛدی جامع مضموٗن تہٕ شأمل کرنہٕ آٔمتی چھِ۔ اَوٕ پتہٕ گور رٔند صأبَس اُردو افسانہٕ لیکھنٕگ تہٕ شوق۔ 1996ٕ منٛز اون تِمَو یمن افسانن تہٕ اِنشائین ہُنٛد مجموعہ "سرابوں کا سفر" منظر عامَس پیٹھ یتھ منٛز صاحبِ ولایت، آو واپس چلیں، ہایی وے کا فقیر، فریب منزل، سرابوں کا سفر، اپنی گُلہاڑی اپنے پیر، اپنا دامن اپنی آگ تہٕ اپنے بھی خفا مُجھ سے تھے، ہیٚو افسانہٕ تہٕ انشائیہ چھِ پرن والین آیتن تھأونہٕ آٔمتی۔ رٔند صأب چھُ بھدرواہَس تہٕ

ڈوڈ ہَس منز کاشرِ تہٕ اُردو ادبکہٕ اکہِ نوِ تہٕ سأدِ روارلیہہ پچ ترجمانی کران۔ کینٛہہ کال بڑ ونہہ چھُ سُہ اقبال بزمِ ادب بھدرواہ کہِ طرفہٕ اُردو جریدٕ "بزم" تہٕ اجرا کران۔ تہُنٛد اُردو تہٕ کوشُر کلام کیو نثری سرمایہٕ چھُ وِزِ وِزِ ریاست کین تہٕ مُلکہٕ کین رسالن، جریدن تہٕ اخبارن منز یوان روزان۔ تہُنٛد اُردو کلام تہٕ چھُ سبٕٹھاہ جأن۔ کینٛہہ شعر چھِ پیش خدمت۔

تیرے لئے ہے وقف مری زندگی تمام
اپنی محبتوں سے مُجھے سرفراز کر
چلتا رہوں میں راہِ حقیقت پہ عُمر بھر
ایسی ہداتیوں سے مُجھے سرفراز کر



یہ زمین جلتی رہی یہ آسماں جلتا رہا
یوں ہوس کی آگ میں سارا جہاں جلتا رہا
رندؔ اس سے بڑھ کے ہوں گی اور کیا مجبوریاں
دیکھتے ہی رہ گئے ہم اور مکاں جلتا رہا



وہ آ گئے قریب تو رُخصت ہوا قرار

کُچھ کھو گیا ہوں میں اُنھیں پانے کے ساتھ ساتھ

پھر آ گئے وہ رِنؔد منانے مُجھے مگر

پھیلا رہے ہیں دام بھی دانے کے ساتھ ساتھ



رِنؔد صأب چھِ اُردو تہٕ کأشرِ زبأنَن برابر سگ دِیوان مگر یہِ حقیقت چھےٚ پنٕنہِ جایہِ قأیم زِ تم چھِ کأشرِ شأعری ہنٛدی وَساطتہٕ ستی عامن تہٕ خاصن منٛز بطورِ شأعر مشہور۔ مأجہِ زیوٚ منٛز چھِ تم مقامی آیہِ شأرت رَتھِ کھالان تہٕ لوٗکن پانٛس کُن رأغب کران۔ اَتھ شأعری منٛز چھُ آپ بیتی ستی جگ بیتی ہُند ذِکر تہٕ ٹاکارہ پأٹھی موجوٗد۔ رِنؔد صأبن تہٕ چھُ پنٛنِ شعری سفر روایٔژی، شأعری ستی شوٗروٗ کوٚر مُت اما وقت گژھنس ستی ستی تہٕ مطالعہ ہَس منٛز اضافہٕ سپدنس موکھٕ لوٚگ جدیدیتُک رنگ تہٕ اَتھ منٛز برزلان۔ تم چھِ

ۏ ری یَس مَنز صرف اکھ زٕ غزلہٕ لیکھان مگر یہ تہٕ اِدٕ لیکھان چھِ سُہ چھُ بوزن تہٕ پرن وأ لِس دِلَس تہٕ جِگرس مَنز اَژِتھ گژھان۔ تہٕنزِ شأعری مَنز چھنہٕ فارسی لفظن ہُند گوبُر نظرِ یوان۔ ٹٔلۍ کہِ چھِ رند ساد تہٕ شوٗ دکاشرِ لفظ استعمال کران۔ تہٕندۍ تشبیہات تہٕ استعارات تہٕ چھِنہٕ تہٕندِس کلامس کانٛہہ زکھ واتناوان۔ میٛنتھ تہٕ توٗلِتھ لفظ استعمال کٔرِتھ چھُ شأعر طویل تہٕ ژھوچین بحرن مَنز شأر ونان۔ یہ چھُ خیالُک رفعت تہٕ فنی پوٗختگی ہُند کمال زِ طویل بحرن مَنز لیکھنہٕ آمِتۍ وار یاہ زٕ تُھکی شار تہٕ چھِ لوٗکن زبأنی یاد گأمتۍ۔ اَتھ کلامَس مَنز چھُ لوٗکن ہُند دود رندصابنس دأدِس پیٹھ غالب تہٕ یِم آیہِ سمسارٕچ کتھ کَرِناوان۔

مَدٕ نو یکھنا بیہٕ گُنہٕ سمہو کرہو بیہٕ لوکچارٕچ گتھ

پَنہٕ نبن سِتمن داد بن ہنٛز گتھ یمہِ سنگدِل سمسارٕچ گتھ

پھٹہٕ نَس وأژم وآنٛج أندٕری گتھ رٕٹِنَس کیُتھ چھُنہٕ کانٛہہ دوس

پتہٕ ساتھاہ نتہٕ وَنہٕ کَس یارو پنہٕ نےٚ دِلِ بیمارٕچ گتھ

رنٛدو تاپہٕ ترٛور چھی ژالُن شہلی گُلبن ہُنٛد تمنا ترٛاو

آسہٕ دَزان یتہٕ سورُوی عالم تتہٕ شۄ بیا شہجارِچ گتھ



میےٚ زن تہٕ باسَن چھےٚ وۄنی قیامتھ عجیب عالم چھُ عالمُک اَز

سٔدر چھُ خاموش تہٕ ناوِ یرٕونی یِران وُچھُم ناخُداتہٕ تنہا



بہٕ چھُس رِنٛد صأب نِس سأرسی کلامَس داد دِوان تہٕ اَمہٕ

علاوٕہ کأشرِ زبانٕنبن ہنٛدین مُحسِنن تہٕ رُت کانٛچھن والین

مبارکبادُک مستحق زانان۔ یِمو رِنٛد صأب نِس کلامَس مطالعہ کٔرِتھ

تمِن مُنأسِب حوصلہٕ افزایی کٔر۔ یہِ شأرِ کتابَ چھےٚ کأشرِس ادبس

منٛز اکھ جان تہٕ خوبصورت اضافہٕ۔ بہٕ چھُس رنٛد صأبَس یہِ کتاب

چھاپ کرنہٕ باپتھ دِلی مبارکباد دِوان تہٕ مودبانہ استدعا کران زِ تِم

کٔرن ملازمتہٕ نِشہِ سکبدوش سپدنہِ پَتہٕ علمچ تہٕ ادبٕچ زیادٕ کھوتہٕ زیادہ

خدمت تہٕ یِہ پٔنُن صدأےٚ دلنواز رۄزِ ن تِم بدستور دردمند انسانن

تام واتِنآوان ۔ بہٕ تہٕ بیہ ساٹھہٕ ادبی تنظیمہ کاشُر مرکزی ادبی فورم جۆم تہٕ رسا جاودانی میموریل لٹریری سوسائٹی جۆم چھےٚ رنٛد صابٕن شُکریہ ادا کران زِ تمو دِیُت یتھ دِلنواز شاعری ہٕنٛدِس مجموعس پیٹھ اظہارِ خیال کرنُک موقہٕ۔ اللہ تبارک وتعالیٰ دِیِن تمن علمچ تہٕ ادبچ بییہٕ خاطر خواہ خدمت کرنُک توفیق۔

شُکریہ۔

17/اپریل 2004ء

ولی محمد اسیر کشتواڑی

79۔این پونچھ ہاوٗس،

تالاب تِلو، جۆم۔

## ...... سُہ نے بوزیم تہٕ اَدٕ کرٕ کیٲہ؟

'داغ داغ دِل' چھُ تِمن جذباتن تہٕ احساساتَن ہٕنز ترجمانی کران یِمن ہُند بہٕ زورٕ وارِث بنأونہٕ آمُت چھُس۔ غمو، فِکرو تہٕ پریشانیو نِشہِ کُس اکھاہ چھُ مُبرَ اگر یِیلہِ یِم غم فِکرٕ تہٕ پریشانی حساس دِلن مَنز جایہِ چھےٚ کران تہٕ خیالن چھُ ووُتش لگان، خیالن ہُند یِہوے ووُتش چھُ کُنہِ شعرٕ بُتھ وتلان۔

کینٛہہ غم اُس میےٚ اَزلے ستی تہٕ کینٛژون غمن ہُند چاہ کھوٚن میےٚ پانٕے تہٕ پَنُن پان لوُدم اتھ مَنز ...... حبہٕ ڈولس تہٕ ہیوٚتم یِی نتہٕ تِی وُنُن ...... دوستو کوٚر مشہور زِ طالب حسین تہٕ چھُ شاعر۔ زِیوٚ چھم پھوٚر پاں یعنی تیز، برملا پوٚزونہٕ نِچہٕ کوٗشِش کوٚر س زِندگی ہٕندِس

پڑتھ مرحلس تہٕ امتحانس منز ناکام میٚے ووتھ جیرٕ تہٕ پانس تھاوُم "رِندؔ" ناو۔ اٚمی ناون کٔرٕ کٔمی رنگہٕ کورنس زیر یہٕ باوُن چھُ سبٹھاہ مُشکِل۔ مگر......

رِندؔ چھُس پوٚز چھُم وُنن اَپُز یور کاٗژا کٹھٕ کڈیم

بے اگر منصور اٚمی زوٗنُس بہٕ کھسہٕ دارس میٚے کیٛاہ

میٚے وُچھ زِنٛد گی ہِنٛدِس پڑتھ قدمس پیٚٹھ اکھ کہہٕ وٕٹھ، کیٛنٛہہ پننہٕ عملہٕ کیٛنٛہہ تقدیرِچہٕ تحریرِ سببہٕ پوٚ میٚے یمن کہہٕ وچِن پٔنُن پان کھالن میٚے چھُنہٕ معلوم کہہٕ وچہٕ پیٚٹھ کھالن وٲلس کیٛاہ اوس منظوٗر مگر میٚے دوٚپ تِمس:

ینہٕ بہٕ تھنہٕ پوٚس تنہٕ دواں چھُس امتحانی امتحان

کھاٗلتن ووٗنی کھالہِ کاٗژن کہہٕ وچن تقدیرِ بیٛہٕ

عشقہٕ زالہِ منز تہٕ پڑھی نہٕ میٚے زاہ رہاٲیٔ تِکیٛا زِیٛہوے اوس دِل بستگی ہُنٛد میوٗن کُن تہٕ واحد سامان۔ مگر ناکامی اُس اٲتی تہٕ مُقدر......

ہاوٕس روٗدی اَڈلیکی ارمان تِشنہ لب...... عشقہٕ جتوٗنس روٗز کیٛاہتام کٔمی محبوب روٗٹھ بہٕ روٗدُس سوٗنچان اماونہٕ کیٛاہ......

پھران رٗ دُس یہِ سۆنچہٕ ڈیٚنجن سُہ رٗ د پرارن یہِ ماميٚنگم کیٚنہہ میٚے تُلۍ نہٕ اتھ تھۆد یہٕ زن تہٕ منٛد چھیوس سُہ رٗ ٹھ لوگن قُلف دُ کانس



ناراوس ژواپاٲری حبس ڈالنٛکی سٲری سامان یَیلہِ میسر آسن تہٕ کتھ تہِ چھےٚ شعر بنان۔ میٚے گٔرِصرِف کتھہِ لۆکو وۆن یمہٕ اٗسہٕ نہٕ کتھہِ یم اٗس شعر۔

میٚے اوس نہٕ زانہہ تہِ یہِ گُمانہٕ تہٕ نہٕ چھُم اَز زِ بہٕ اوسُس شاعر یا بہٕ چھُس شاعِر۔ دوستو کۆرُس مشہور، بزرگو مجبوٗر تہٕ دوپہم ژٕ مان ژٕ چھکھ شاعر...... خُدا زانہِ کیٛاہ چھُ پۆز تہِ، کیٛاہ چھُ اَپُز۔

شاعری چھےٚ شعورِ آگہی سےتۍ تعلُق تھاون تہٕ میٚے چھُنہٕ ہرگز یہِ دعوٰے زِ آگہی ہُنٛد یہِ شعور چھُ میٚے تہِ...... نہٕ ہرگزِ ہرگزِ مگر وِزِ وِزِ یَیلہِ تہِ خیالن ووتُش لۆگ، دِلکس پھمبہٕ تونٛبس یَیلہِ عشقہٕ تیٖنٛبرٕ پیٚیہِ، دِل یَیلہِ ژواپاٲری عشقہٕ نارن وۆل شاعر آسنچہٕ بدنامی ہُنٛد داغ تہِ لوگ میٲنِس دامنس پیٹھ۔

دِل وۆلُم یَیلہِ عشقہٕ نارن دودٕ زِتھ صحرا بنیو و
دلبرو کیٛاہ کیٛاہ ونےٚ اَدٕ میانہِ حقہٕ کیٛاہ کیٛاہ بنیو و

زِندگی ہُند سفر کوٚرمیےٚ انسانن ہندِس بڑٕ بارٕ ہجومس منٛز مگر تنہائی ہُند احساس گووُنہٕ کُنہِ تہٕ مرلس پیٹھ میےٚ نِشہِ جُدا، یتھ بے حسی، خود غرضی تہٕ نفسا نفسی ہندِس دورس منٛز اَکس حساس انسانہٕ سُند حالاتن ستی سمجھوتہٕ کرُن چھُ نامُمکن یہِ تہٕ ہیوٚکُس نہٕ یہِ سمجھوتہٕ کرِتھ، وقتس ستی اتھِ واس کرُن ییلہِ مُمکِن ہیوٚک نہٕ سپدِتھ تنہائی ہندِس احساسس گووُہُریر......

یہِ وق چھُ کوتاہ بے مائے گومُت چھےٚ نفسی ژوپاٚری برپا
چھُ کیاہ عجب گرتِھس زمانس اندر چھُ کُنہِ کانْہہ رِندا تہٕ تنہا

وقتہٕ کِس بے عار، بے مائے تہٕ خودغرضی ہندِس سیلابس ستی مُقابلہٕ کرٕنک تہٕ، نارس نرِی لدٕنک نیتجہ دڑ اوِی زِ دل گوو "داغ داغ"۔ پڑتھ داغ چھُ وہاں تہٕ وِزِ وِزِ چھےٚ یمن داغن منٛز دگ وتلاں۔ یہِ دگ چھےٚ میےٚ نِشہِ کیاہ تام ونہٕ ناواں۔ میےٚ نہٕ چھُ کانْہہ پیام دیوٚ تمُت نہ چھُم نصیحت کرٕنچ کوٚشِش کرمژ تِکیازِ رِندس تہٕ وعظ خوانس منٛز چھُ سٹھاہ تفاوت تہٕ بہٕ چھُس نہ وعظ خواں۔ بہٕ چھُس رِند۔ بہٕ کیاہ چھُس کیاہ نہٕ چھُس یہِ چھُنہٕ میےٚ معلوم اَمیک فیصلہٕ

کرن وٲلی چھِ نو کتہٕ دٲنی ......

میٛون "داغ داغ دِل" چھُ توہی بڑ وٚنہہ کُنہٕ میٲنی گذارش چھےٚ وارٕ وُچھِ زیوٚن۔

میٛے یوت تام واتہٕ ناونس منٛز یمو بُزرگو تہٕ دوستو میٲنی پذیرائی تہٕ حوصلہٕ افزائی کٔرمٕژ چھےٚ تِمن منٛز چھِ تھکٕن لایق مرحوٗم غلام نبی صٲب گونی، پروفیسر مرغوب بانہالی صٲب، جناب منشوٗر بانہالی صٲب، عبدالجبار زآیر صٲب تہٕ ولی محمد اسیر صٲب...... یہٕ سورٕے چھُ یمن معزز، صاحبِ علم تہٕ صاحبِ دِل بُزرگن تہٕ دوستن ہٕنٛد وے خلوص تہٕ محبت زِ پتھ ونس منٛز بسن وول اکھ گُمنام تہٕ غآر معروف شخص تہِ آو منظرِ عامس پیٹھ۔

طالب حسیٚن رِند بھدرواہی
گونی منٛزل محلہ آستان
نزدِ عیدگاہ
ڈوڈہ سٹی۔ ڈوڈہ

گرُک پتہٕ
محلّہ نوآباد
چکہ۔ بھدرواہ
182222

# دُعا

گوناہ بخشُم میے، بخشنہار ژٕے چھُکھ
خدایا صاحبِ موختار ژٕے چھُکھ
عضُو گونہن تہٕ عائبن پرٕدٕ کرٕزیم
ژٕ چھُکھ غفار تےَ ستار ژٕے چھُکھ
سیاہ کأری، رِیا کأری بہٕ وولنس
بہٕ چھُس منزٕ غفلتس، بیدار ژٕے چھُکھ
بہٕ کوٚ رمُت گیر چھُس گونہو دزاں چھُس
کران نارس مگر گُلزار ژٕے چھُکھ

بہٕ کیٛاہ چھُس کیٛاہ نہٕ چھُس یتہِ گس چھُ معلوم

خدایا محرمِ اسرار ژٕ ے چھُکھ

عمل تٔتھِ پیٚٹھ بہٕ کرہایی ونن چھُس

میٛےٚ بخشن وول یُتھ کِردار ژٕ ے چھُکھ

پڑیون کوٚرمُت غمو رندٓس چھُ سیٚنس

دوا دادین چھوٚکن بُلغار ژٕ ے چھُکھ

# دُعا

پرور دِگار میٲنے نِکھنَا ژ میٚے تہِ مدینس
فریاد یوٚد یہٕ بوز کھ ژٕلہِ ہے یہٕ شرمیٚہ سینس
گرِدابِ کُفرو شِرکس ہینہٕ آیہ ناو سٲنی
بہرِ نبیٖ اکرمؐ دِتہٕ تار ییتھ سفینس
کھٔٹ کھٔٹ بہٕ روزٕ کوتاہ اَٹ اَٹ کوٚڈُس جہانن
اَسمان اَز میٚے وُچھٕ تھی کھالاں چھُ دژ ہہ جبینس
شرمندٕ چھُس کھٔٹِتھ بُتھ ژٕلہٕ ہا مگر بہٕ ژٕلہٕ کوٚت
دامانہٕ میٲنہِ باپتھ گوتنگ ییتھ ز مینس
تیوٚتھ کتہِ میٚے بد نصیبس آسیم نصیب اے رِند
وندٕ ہا یہ سر بہٕ پادن ٹاٹھس شہہِ مدینسؐ

# دُعا

بخشُم خطٲہن پرور دِگارا بخشنہارا یِی چھَم آش
چھُس چۄنہِ رحمُک اکھ طلبگارا بخشنہار اِیی چھَم آش

خوش رنگ دُنیا وتہِ چھُم ڈالان بخشُم سیٖرِ وَتہِ ہُنٛد عرِفان
وۄنی گۄژھہ نہٕ تشٕبلُن نفسِ امارا بخشنہارا یِی چھَم آش

عاٸبن تہٕ گونٲہن ہُنٛد پوٗتلا چھُس اِغفرِ ذنبی یا غفّار
بخشِش گونہو کھوتہٕ بڈٕ وارا بخشنہارا یِی چھَم آش

عاٸبہٕ لَد پانس میٖۓ تہِ ماوُچھ زانہہ اُشتُرْ عَیبٕی یا سَتّار
حکمتہٕ والے کرتم چارا بخشنہارایِی چھَم آش

موۓ ژیٖیِ نشہِ تےَ موۓ خانہٕ چۄنۓ ژۓ چھُکھ ساقی چۄنۓ رِند
میٖۓ تہِ چاو قطرا بلہٕ بیمارا بخشنہارا یِی چھَم آش

# دُعا

یا اِلٰہ العالمین بارِ گُناہ ہیتھ آس بو
چانہِ برتل آس حض عرض و مُدعا ہیتھ آس بو
راوِ رأوم وأنس سأری یتہِ ریاکأری اندر
کینٛہہ تہِ حاصل ما کوٚرُم جُرم و خطا ہیتھ آس بو
پرٛتھ کتھاہ یوسہٕ اَس رٕژ مشرم بدی تھأوِم ژیتس
نامہٕ اعمال چھُم سوروئی سیاہ ہیتھ آس بو
نفسِ اَمارن تہٕ طمہن نال چھُم ولُمت ژھ وپأری
سجدنی منٛز حرص و طمہُک عالماہ ہیتھ آس بو
لرزٕ چھُم ییٚلہِ قبرِ منٛز سأوِتھ یئم سأری رفیق
ونہٕ سہٕ کیٛاہ منکُرِ نکیرس کیٛاہ سنا ہیتھ آس بو
اے خُدا بخشم گُناہ توٚبچ سعادت کر نصیب
چھُس سیاہ کارا رِندا بس یی دُعا ہیتھ آس بو

# نعت

## سلام

سبز گنُبدٕ کس مکیٖنس میانی حض ؤنی زیٖو سلام

اے گوٗشن والیو مدیٖنس میانی حض ؤنی زیٖو سلام

صأبرِ و صأدِق اَمیٖنس میانی حض ؤنی زیٖو سلام

رحمتہٕ لِلعالمیٖنس میانی حض ؤنی زیٖو سلام

پادشأہی دون جہانن ہنٛز دِژس حضرتِ حقن

تَس اِمام المُرسلیٖنس میانی حض ؤنی زیٖو سلام

آسمانس نوٗرٕ ورشُن لچھِ بٔدین ؤریٖن کوٗرُن

اَدِ شرف بخشن زمیٖنس میانی حض ؤنی زیٖو سلام

ذاتِ پاکن سُوز اَسہِ کُن رہبرا خیرُالبشر
گوڈ بوُرن دینِ مُبینس میۆن حض وٕنی زیٛو سلام

محرش منٛز اُمتک غمخوار سُے بُلغار سُے
تَس شفیع اُلمُذ نِبینس میۆن حض وٕنی زیٛو سلام

اَسہِ تہِ گۆژھ اتھ رۆٹ خدارا اُمتس یرٕونی چھےٚ ناو
اَسہِ تہِ گۆژھ ساحل سفینس میۆن حض وٕنی زیٛو سلام

چھُس گُنہٕ گارا سیاہ کارا مگر حسرت یہٕ چھُم
میٛٹھی کرہ خاکِ مدینس میۆن حض وٕنی زیٛو سلام

واتہٕ نا کُنہٕ پاٹھی رِندو وایے یہٕ تہِ سوٚے حرم
بس یہٕ چھُم ارمان سینس میۆن حض وٕنی زیٛو سلام

# نعت

ممتاز پژتھ دربارِ نِشہِ دربار مدینُک

دۆن عالمن سردار چھُ سرِدار مدینُک

اَز چشِم تصُور وُچھان یۆد چھُس سبز گُبند

حسرت میٚے نیریَم ییٚلہِ میٚے بنہِ دیدار مدینُک

ڈاُلن یژھاں دُنیا میٚے منِ النُور اِلی الظُلمات

تھاوان مگر چھُم ڈنجہِ دِل انوار مدینُک

"واللیل گیسو والضُحیٰ چھُس روے مُنوّر "

محبوب خدایَس چھُ سُوئی دِلدار مدینُک

بیٚیہِ پھیرِ یمن گاش تتہٕ نیرَیم دِلُک ارمان
چشمن بنیم ییٚلہِ صأجبو دیدار مدِینُک

رِندو عمل ڈیشتھ پَنٕنی شرمندہ گژھان چھُس
کِتھ پأٹھی ونہٕ دِل میٚون چھُ طلبگار مدینُک

# نعت

دِلس حسرت میٚ چھُم گژھ ہامِدینس

فِراقن نار گونڈٕ مُت چھُم میٚ سینس

بنیوٚ یُس باعثِ تخلیقِ عالم

سِہ زُو وندٕ ہا بہٕ تس سردارِ دینس

شرف تس پاے نازن میٹھی کرٕنک

سَپُد حاصل سَپُد عرشِ برینس

غمو چھِم ییرٕ متی ووٗنی اٰلی سینس

وُنُن چھُم رحمتً لِلعالمینسؐ

شفاعٕژ واوٕ عرضی میأنٕز ہیتھ گژھ
شہہِ مُرسلؐ، شفیع المذنبینسؐ
چھَ یِم ہٲلی گٲلی أچھِرٕ ہیتھ رِنٛد دژ امُت
پٮ۪نٕز کٔنٕز ڈٲلی ختم المُرسلینسؐ



مدنو دِل چھُنہٕ دٔوریر ژالن    أندری گالن چھُم ایٚحساس
یِکھنا پراران چھُکھ کیٛاز سالن    أندری گالن چھُم ایٚحساس

کوتاہ دِلس پنہٕ نِس سمجھوُم    کرمہٕ حسینن ہُنٛد اعتبار
وٕفہکی وعدٕ چھِس بیٚہہٕ ووٹہٕ والن    أندری گالن چھُم ایٚحساس

رِندن موٚے چاٚوِتھ گو ساقی    تریشہٕ ہوٚت روُدُس بٔے یوتن
میٛانہٕ وِزِ أچھِ پھِر أمی کلوالن    أندری گالن چھُم ایٚحساس

ہرٕ دِچ ہِش زردی چھَم بدنس    مدنن لوگم بے پرواۓ
زن چھُنہٕ واقِف میٛانین حالن    أندری گالن چھُم ایٚحساس

وق بدلیو وونی باغن أنٛدۍ أنٛدۍ    کاوو گأنٹو کوٚر ٹھہراو
گُل گیہٕ برٕ بُلبُل کھٔتی بالن    أندری گالن چھُم ایٚحساس

بورمُت چھُم میٚے خونِ دِل پیٛالن    میکش ڈیٛنٹھِم سأری خام
رِنٛدا گوٚژھ آسُن کتہٕ تالن[1]    أندری گالن چھُم ایٚحساس

---

[1] تالُن : مقامی لفظ بہ معنی ژارُن۔



ماے میٲنۍ وۄنیہ تَس نِگارس اَسی تَن مَتہٕ اَسی تَن
دِل دوو دُم کرِ کیاہ قرارس اَسی تَن مَتہٕ اَسی تَن
اَکھ نِگاہِ ناز تمہٕ ہنٛز گیہِ میٖ زٲلتھ جان و دِل
تیز وۄنیہ ریٚہہ لولہٕ نارس اَسی تَن مَتہٕ اَسی تَن
چھوکھ میٖ لوٕلکی ءتی ژٲلم اَتھ میٖ شاہد چھُم خُدا
پژھ اَچھ لَس بالہٕ یارس اَسی تَن مَتہٕ اَسی تَن
ژۄل نہٕ زاہ وَرمیانہٕ تقدیرُک سدا رۄدُس وداں
دراُمتن خم زلفِ یارس اَسی تَن مَتہٕ اَسی تَن
دردوغم اَنٛمتی چھِ رِندن ءتی پانس اَزازل
کیاہ سہٕ کرِ فصلِ بہارس اَسی تَن مَتہٕ اَسی تَن



ژٕ یکھنا دِلبرو مہمان خابس
لوٗزر گژھِ ہے میٖ دِلہٕ کِس اِضطرابس
مہٕ رٹھ دوٗریر خدارا وٗلی وُچھکنا
سوٗسُر ہیوٗ کیاہ یہٕ لوٗگ میانِس شبابَس
چھِ دمہٕ پھٹٕٕٕ نغمہٕ ساری ساز ساری
میٖ ژھینہٕ ہژٕ تارٕ چھم دِلہٕ کِس ربابس
سدا چھا زندگی اکہِ رنگہٕ روزاں
رُٹھ ہیٚچ وَتھ سنا کٔمی انقلابس
اَمِس چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ سُجدا سیوٗ دمیٖ باسان
ہجَر رِندَس گوٗمُت چھا کنہٕ چھُ کعبس



مدٕ نو یکھنا بیٚیہٕ گُنہٕ سمھو کرہو بیٚیہٕ لو کچاڑٕچ کتھ

پنہٕ نبن ستمِن دادبن ہنٛز کتھ یمہٕ سنگدل سمساڑٕچ کتھ

پھٔٹہٕ نس وأ ژم وأ لنج أندرٕی کتھ رٹنس کٔیت چھنہٕ کانٛہہ دوس

پتہٕ ساتھاہ نتہٕ ونہٕ کس یارو پننےٚ دِلِ بیماڑٕچ کتھ

دِل چھُم دوٚ دٕمُت ووٚنی چھُم باسان ہر دُک سونٛتُک واو ہیوٗ وی

مطلب چھنہٕ کانٛہہ گرٔی تَن ناڑٕچ یا گرٔی تن گُلزاڑٕچ کتھ

سوٕنتکی واون دِلہٕ کین داغن نٔورس دِتھ کھولُن نٔو جوش

أچھِ چھم زالن باغہٕ پھُلے ووٚنی کیٛاہ کرٕ باغہٕ بہاڑٕچ کتھ

آو بُجر ووٚنی دژایہِ جوانی دِلہٕ کٕس باغس ژاو ہرُد
چون تمنا چھُم منڈ چھاوان کس ونہٕ یہِ چھےٚ یتبارٕچ کتھ

نفسی نفسی ژونونی کھوٗنٹن! مُشکِل اَز غمخوار لبُن
سمسارس منٛز پنہٕ نین پردین یارن چھےٚ باپارٕچ کتھ

رِندو تاپہِ تژر چھُی ژالُن شہلی گُلین ہُنٛد تمہٕ نا تژاو
آسہِ دزان یتہِ سوٗروی عالم تتہِ شوٗبیا شہجارٕچ کتھ

۱۔ طرفن



ہَرُد آو پھیر زردی گُلِستانس
یہُے غم کرٕ وٕٹھ پیوُمُت باغوانس
بہٕ ترٕ ووُس اَجہِ وتے یارو رفیقو
وچھان روٕدُس غبارِ کارٕ وانس
اگر ییٚہِ ہَے سُہ دِلبر باغ پھولہٕ ہَن
اَمی غمہٕ سوٕر گومُت چھُم میےٚ جانس
رِندو ئلی چھکھ لگُن پتہٕ پان ماراں
پوٚزے بوز کھ لگُن گژھی پأنی پانس



دلبرو زانہِ کیٛاہ وُدأسی چھم

الوِداع الوِداع وُدأسی چھم

پڑتھ غمس دِیُت میےٚ خونِ جگرُک سگ

دِل ۂ زِتھ گوم ساہ وُدأسی چھم

خاب وُچھی وُچھی تھوٚکُس تہٕ وُچھنی چھُس

اَتہِ تہِ موکلاہ بہٕ زاہ وُدأسی چھم

سادگی ہٕنٛدی میےٚ وعدٕ پیترِنی پیٛہِ

کتہِ چھُ مہرو وفا وُدأسی چھم

کوٚٹھی چھِ پکہٕ وُنی تہٕ ستی چھےٚ دُنیا

نتہٕ سنا کُس تہٕ کیٛاہ وُدأسی چھم

سٔرنہٕ تارن نظارٕ چھِم چشمن
وُچھِ گٔژِس منٛز بہٕ کیٛاہ وُدأسی چھم

زیٖٹھ وارا چھےٚ میانہٕ طٕمٕچ رَز
ژھوٗڑ تہٕ گٔنز رِتھ چھِ شہہ وُدأسی چھم

شیٖشہ ییٚلہِ پھُٹہِ کنن گژھان آواز
دِل پھُٹان بے صدا وُدأسی چھم

چھوکھ دِلکو چھِنہٕ بلن زمانا گو
بے اثر گو دوا وُدأسی چھم

اَتھِ تولِم تھوٚد تہٕ توتہِ اتھِ چھون چھٔس
زانہٕ کوت گو خُدا وُدأسی چھم

محفلن بازرن تہٕ شہرن منٛز
رِندٓ تنہا سبٹھاہ وُدأسی چھم



جلوٕ تسُنٛد اَفتاب بنیوٗ

شِنہٕ مأنٛز دِل مێون آب بنیوٗ

میانبن دِلہٕ چبن تارَن کیُت

غم چونٔے مِضراب بنیوٗ

کتہٕ وُچھ ہا بہٕ تہٕ چون جمال

جلوٕ گہا اَکھ خاب بنیوٗ

شوقس پتٕھ پیٚہٕ شینٛچ مأنٛز

دِل ذٕزی ذٕزی برفاب بنیوٗ

تَس پتہٕ کوٚت کوٚت پھیوٚرنہٕ رِند

دِل تس گُلِ آفتاب بنیوٗ



سو مستِ ناز وِچھم راتھ بیٚیہِ میٚے خابس مَنٛز
قرار روٗو دِلس چھُس بہٕ اِضطرابس مَنٛز
بہار وُچھ میٚے پریشان تہٕ پیچ و تابس مَنٛز
جمالِ یار وُچھِتھ پڑتھ اَکِس گُلابس مَنٛز
اگر نہٕ روشہٕ ژٕ تھاوَکھ میٚے گُل پھولن باغس
ملالہٕ چانہِ میٚے چھُم زندگی عذابس مَنٛز
اگر گوناہ چھُ محبت گوناہ میٚے چھُم منظور
ژٕ ےروٗس چھُ معنی سنا کیٛاہ میٚے کُنہِ ثوابس مَنٛز



میٚ تہِ زیوٗٹھ سفر کینٛہہ کورمُت چھُنہٕ اَدٕ کیاہ زِ تھوٚ کُس حأرانی چھم

کوٚ ٹھی روٗٹھی أچھن ووٚنی گاش تہِ تھوٚک زنہٕ کوٗت پوٚکس حأرانی چھم

چیتھ زہر دوکھن ہُنٛد دأدِ ین ہُنٛد ووٚنی پانے اکھ میخانہٕ بہٕ چھُس

کوٗ زانہِ بہٕ دوکھہِ کِس سدٕرس منٛز اَتہِ اُوری شروپس حأرانی چھم

چھُنہٕ چانہِ تیٚنٛج کینٛہہ آش مگر برسینٛکی سأری مُژرِتھ چھم

نمہٕ پٔنٛژ سینٛس کیاہ زِ تُلم ادِ ما زٕ توٚکُس حأرانی چھم

اَتھ شیشہٕ کھنجوٗرتہٕ دأوی میٚ گیہِ کلوالہٕ یہٕ چھون پیمانہٕ تہِ پھُٹ

افسوٗس چھُ چأنس اِنصافس کُس نار لوٚگس حأرانی چھم

کھُنٛدی أسِم قدمس پیٚٹھ وتھ أس سنٛگج کُنہِ أس کنٛڈ یل

بِتھٕ پأٹھی یِموٚ کُنٛڈی زالومنٛزی رِندانہٕ پوٚکُس حأرانی چھم



دِل وُپھِ ہے ژلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھہا

وتہٕ عشقٕنہٕ گلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھ ہا

کُنہِ وُچھ ہن لوٗلچہِ کتھ کرہس

اِدٕ ییٚلہِ زبو کلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھ ہا

ییہِ ہے ما میےٚ تہٕ کُنہِ خبرے زاہ

دوٗدٕ ے نےٚ بلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھ ہا

ییہٕ ہے بیٚیہٕ چشمن کرٕلاٗ وِتھ

کُس کُس حیس ڈلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھ ہا

اَز ییہِ ہے بیٚیہٕ کاتھہ اِبراہیمؑ

گُلزارا پھوٚلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھ ہا

رِندٓ نیبری پانس چھلہٕ نس لوٚگ

مَل أندرِم چھلہِ ہے بہٕ تہٕ وُچھ ہا



روز مہٕ غافِل زِپر دِ ہوشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار
وق چھنہٕ پراران کأنسہِ منوشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار
سوٕنتکۍ واوو آکھ تہٕ گورُت    بُلہ نچرس وَن نُو کینٛہہ شیچھ
پوشن ہٕتی گمٕتِس مدہوشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار
میٚیٚ تہِ اُس وُژھ پان تَس اُس بأنٛبر    ءکتھِ گوسینٛس أندری پھرٛٹھ
ووٕنی کیٛاہ افسوس جوشہٕ خروشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار
سُہ تہِ وٕنسی مَنٛز بہٕ تہِ وٕنسی مَنٛز    وتھ اکھ لیکن کتھ نہٕ تہِ باتھ
ننگرس ہٕتی کیٛاہ لعل فروشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار
وِزِ وِزِ نو شیچھ ؤنی أم بیٛون بیٛون    ییٚلہِ میٛانِس قلمس زیو آیے
جاناوارس وارِ تہٕ پوشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار
رِندٙن پانے دوکھِ کِس نارس مَنٛز    ووٕتھ لأیتھ زوولن پان
ووٕنی بیوٚٹھ اَسہِ نشہِ کتھ پیٹھ روشس    پکھ نیر بڑ وٕنہہ گُن منٛزِل ژھار



وتھرِتھ تژ اوس زُو قدمن تل زاہ کائلی یۄ د ترِ ہے برٕ ہنگ

أچھِ لوسم ووٗنی وتٕنے وُچھی وُچھی زن تتہٕ چھُ ژولمُت ملکِ فرنگ

دُوٗر رٕہتھ پنہٕ نین پر دین نِشہِ وُچھ میےٚ زمانُک پڑتھ کانٛہہ رنگ

کتھ کتھِ سأری نار آپراواں دِل گوم زن اکھ دزٕوُن کنگ

ییٚلہِ نہَ زمانس ستی پکُن توگ لۄکو وۄن چاٲمژ چھن بنگ

داد ہیہِ ہے کانٛہہ میانین دادبن ییہِ ہم مازخمن تیٚلہِ انگ

نکھٕ یم أسم ڈوکھ یم زأنم تم چھم کتھ کتھِ تراوان کھڑنگ

پنہٕ نوٗی چھُم کیاہ تام خطا نتہٕ گژہن ما سأری دِل سنگ

یوت تام پردس تل تھووُن روٚے لۄکو کرِ کتھ رنگا رنگ

اَکھ زٕ ژیم وُچھ تمی ہندِ حُسنچ گوبے حیٚس تَس گیہِ زیو گنگ

رحمت تمی ہنز برحق زأنِنی کلہٕ تسی بڑ وٕنہہ کنہٕ نومراوُن

بندن نِشہِ کیاہ اَتھ پھہلاوُن رِندو خاطر خدایس منگ



خیالن دِیُت ووُتش چأنی خیالن
بہٕ رٕکتھ پأٹھی ووٕنی یہِ نوزُکھ دِل سنٛبالن
ژٕ کوتاہ کرٕ وٗٹھ اوسُکھ لالہٕ رویَو
جِگر چھُنہٕ چأنہِ ہجرُک نار ژالن
میےٚ دیوٚت دِنہٕ وأل کیٛاہ اَکھ داغ دیتونم
بِرتھ اَشہِ ٹأری ووٚن چمنس گُلالن
چھےٚ کلہٕ والس تہِ کل مدہوشئی ہٕنز
چیوان چھُس خونِ دِل بُری بُری بہٕ پیٛالن
کرم آسِن مہٕ آسِن چأنی مرضی
نمبتھ کلہٕ چھُس سِتم سأری بہٕ ژالن
جِگر تھو میٛون ہیوٗ کلہٕ وَدنہٕ تھاون
بہٕ شیٚچھ رِندس لوتےِ سوٗز شینہٕ بالن



ئلبہ ما تھوُس تُمی تنہا

راہ اوسُم کیٛاہ تام توَے

بہٕ تہٕ روُدُس کلہٕ نُمراوِتھ

خالی تھوونم جام توَے

میےٚ تہٕ ماوٕن زاہ اپزِس پوٚز

غم دیتونم اِنعام توَے

کتھ تام سجدس گوم ہجر

روٗٹھ سُہ دِل آرام توَے

مٔنزِل رٹنگ گس اوس شوق

بر مٔندبن گو شام توَے

رِندٕس ما تجی کتھ باوِینی

روٗد اَز تام گمنام توَے



نختے زأنم سأری دوس دوس چھُ آسُن کھالِی کانٛہہ

سمجھاوِتھ پانس پیتر یوس دوس چھُ آسُن کھالِی کانٛہہ

ہُہ تہِ چھُم پنہٕ نُی پتہٕ پنہٕ نُی کانٛہہ نہٕ پٔتن نہٕ چھُ پنہٕ نُی پان

غم ہبتھ أندری زن دوٗدریوس دوس چھُ آسُن کھالِی کانٛہہ

زُو سوٗرُن گو دوہ لوُسن وسہٕ وُن دوہہ چھُنہٕ کانٛسی خوش

کتھِ ییٚلہِ ووُتُس سخ منزٕ چھیوس دوس چھُ آسُن کھالِی کانٛہہ

سوزِ جِگر چھُم وزٕ ناوانٕ یارٕ دود سینہٕ مینٛ پٔژناوان

کتھ جنجالس وُچھِتہٕ بہٕ پھوٗس دوس چھُ آسُن کھالِی کانٛہہ

رِندس زانہِ خُدا اکیاہ گوس گٹہٕ کارس منٛزٕ ژھاران دوس

کانٛژھاوونی گوشن گری توس دوس چھُ آسن کھالِی کانٛہہ



بیٚیہِ وارِ پھولن ئوی پوش پگاہ
لبہِ پزتھ کاتھہ تھٔر ئو جوش پگاہ
یِیٚہِ ساقی ہیتھ مس مُلرین کیُتھ
رند آسن بیٚیہِ مدہوش پگاہ
ینہٕ وول چھُ سونتگ واو گُلو
ژلہِ وندُک سوروی روش پگاہ
بُلبُل یِن چمنس نالہٕ مُتین
گُل مُژراون آغوش پگاہ

جاناور نغمہٕ گیون نۆی نۆی
کس روز اَتین اَدٕ ہوش پگاہ
اَز وارِ چھےَ پھوٚجمٕژ ینبرزل
پاتالہٕ کھسن پمپوش پگاہ
کر ہوش رِندو اَز اۆش وتھرٕاو
کُس تھاوِی نالن گوش پگاہ



زانہِ کیٛاہ کینہٕ چھُس شَر چھُم سینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ؟
کنہِ لانیم دِلکِس اٰینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ؟
تٔمی سُند روشُن دِل چھُنہٕ ژالن کیٛاہ ونہٕ کمہِ رنگہٕ گالن چھُم
صُبحک تاپھ زن راتہٕ رِکس شینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ؟
صُبحس شامس اوٚش چھُس ہاراں گُنہِ رۄدِ کی گُنہِ ڈوٗنٛٹھکی پاٹھی
کینٛہہ رۄد دِلسی ماہ جبینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ؟
یارس ژھانڈنے ییٚلہِ دراس سفرس لۄکو وونہٕ ہم وتھ چھےٚ زٕ ژٹھ
تفسیر کرِ کیٛاہ حق ایقینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ؟
پیرن وۄنہٕ نم تَس چھُی مولوم وٕنتس لوٚت یا تھدِ وَنہٕ تس
میٛانی کربکھ وأ ژ ناعرشِ برینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ؟
دوکھہِ رِکس سٔدرس مَنٛز ینہٕ راوکھ رِندو صبرٕ چہٕ رزِ تھف تھاو
یار دِیہِ پانےٚ تار سفینٛس تَس نازِنینٛس کٔمی وون کیٛاہ



سفر گو زیوٗٹھ بییہٕ کینٛہہ گام — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل
خطا پنہٕ نُی چھُ اَسہِ کیٛاہ تام — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل

زمانٕک روٗد دستوٗری — وفا دارن سزا دارُک
خطا کارن دِوان اِنعام — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل

حفاظتھ ییتھ سوٗنس یوٗتام — کینٛژو زندگی دِتھ گرٕ
ونان چھِی تِتھی سوٗنس اَزتژام — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل

ہٹیٚک رتھ دِتھ شہیدو کوٚر — چمن زارِ وطن رنگیٖن
مگر اَسہِ بٔری تٔمی رتہٕ جام — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل

کنس تل وون میہٕ کمۍ تامتھ — اِمامس چھُنہٕ وضو قأیِم
سنا گُس اوس کمۍ دِژ پام — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل

رِندو اَز ییتھ حمامس منٛز گمتۍ — سأری چھِ أسۍ نیٚتھِ نٔنۍ
ہیٚژا اتہٕ کأنٛسہِ پانس سام؟ — اَسہِ نِشہِ دوٗر گو مَنٛزل



اجہِ وتہِ وأتتھ یار گو ترٛأوِتھ  کمنأوِتھ[1] گو سوروی ڈُوٗٹھی[2]

کتہِ ہیکہِ غم تمٔی سُند مشرأوِتھ  کمنأوِتھ گو سوروی ڈُوٗٹھی

شراوٗنچہِ ترٛٹہِ کینٛہہ ہرٕدچہِ ژھٹہِ نیو  مُٹہِ پھوم گوبہِ کھوتہٕ بار گوٗہی

اَسٕنے اَسٕنے گو  وِدٕ نأوِتھ  کمنأوِتھ گو سوروی ڈُوٗٹھی

ذرٕ ذرٕ ضایہِ گو سرمایہِ میونُے  چندٕ رُوٗ دُم خأٔلی خأٔلی

پھلہِ پھلہِ یُس تھاویوم سوٗبرأوِتھ  کمنأوِتھ گو سوروی ڈُوٗٹھی

سینہٕ پُٹن تھوُوم پُشرأوِتھ  میأ نین دأ دبن گُس ہیٚیہِ داد

حال دِلُک بوُوم ویرٛھنأوِتھ  کمنأوِتھ گو سوروی ڈُوٗٹھی

رِندٓس کۆر اسمانن گیُنٛد نا  چھِنجہِ پوٗتکی پأٹھی نژٕ نوُون

أخر دب دیتونس گلہِ نأوِتھ  کمنأوِتھ گو سوروی ڈُوٗٹھی

---

[1] کمنأوِتھ: چھُ مقامی لفظ بہ معنیٰ "کمأوِتھ"  [2] ڈُوٗٹھی : ڈوٗٹھ بزٕری



میٖ کیٛاژِ چھُو ننبد رِتُلنہٕ اٖمتی میٖ ، کرِژ چھےٚ بہتر یہِ بے خودی وونی

بہٕ یوہ تہِ اوُسس تہٕ اَز تہٕ تنہا بہٕ روزٕ شاید پگاہ تہِ تنہا

بہار گوٚٹ گوٚٹ گُلن زژُر ہیوٚ فسُرِ دگی ہِش چھےٚ جانوارن

خزاں چھُ پانس بیونُے پریشاں رِوان بادِ صبا تہِ تنہا

میٖ زن تہٕ باسن چھےٚ وونی قیامتھ عجیب عالم چھُ عالمُک اَز

سٕدر چھُ خاموش تہٕ ناوِ پرونی یراں وُچھم نا خُدا تہِ تنہا

زمین روُشتھ چھےٚ آسمانس تہٕ زوٗن روشتھ چھےٚ آفتابس

خُدا تہِ روشتھ چھُ کاینانس گدا تہِ اوُسے چھُ شاہ تہِ تنہا

یہِ وق چھُ کوتاہ بےٚ مانے گوُمت چھےٚ نفسی نفسی ژوپاۂری برپا

چھُ کیٛاہ عجیب گرتھِس زمانس اندر چھُ کُنہِ کانٛہہ رِندا تہِ تنہا



چھُس بظاہر دوہ بہٕ گُزراواں گُلستانس اندر
گو پزر ییِی عُمر گُزراوم سیکستانَس اندر
چھُس کران دعویٰ اَپُز تژاوم تہٕ پزٕرچ وتھ رٹم
پوز اگر بُوزیو پزر باسن میٖہ چھُنہٕ پانس اندر
ناز چھُم عابن تہٕ گوہن پیٹھ میٖہ پنہٕ نبن ناز چھُم
دوستو پژتھ اکھ خطا باسن میٖہ اسانس اندر
دوستن چھُس صُبح کیٛاہ شامس پران پھِری پھِری بہٕ وعظ
چھُم پنُن دِل قاد ووٚنی کتھ تام یارانس اندر

کینہٕ روٗستی سینہٕ تےَ اَپنہٕ ہیوٗ دِل آسہٕ ہَن
چھایہٕ خوٗبی اَز مگر کُنہِ جایہٕ اِنسانس اندر

وُنہِ تہٕ دِل راون میےٚ چھُم خمدار زلفن کُن وُچھِتھ
کُنہِ حسیٖن رویَس تہٕ کُنہِ کُنہِ زلفِ پیچانس اندر

مَل دِلُک نےَ چھوٚل تہٕ کیٛاہ حاصِل چھُ چھٔلی چھٔلی پان رِنٛد
یا گُزارِنی زندگی سُجدس تہٕ اَستانس اندر



ژٕنونٕی طرفن اَز چھاوٕ چھاو زن کاینأتس یئرٕ وٕنی ناو

زن آختابس لوگمُت گرٕون زن مہتابس سۆت سۆت تاو

وقتچ آورینہٕ ریٛہہ چھےَ تیز سۆت سۆت پکھ باکر ٹھہراو

ییتہٕ کِس گاشس ینہٕ راوکھ بژٕونہہ چھُے اَنہٕ گوٹ أچھ مژراو

دُنیا کُمی سُند کس دیہٕ کیٛاہ کۆت چھُکھ دژ اُمت کیٛاہ چھےَ ناو

بُلبُل دمہٕ پھُٹی رأءتی ہیوی چمنس أندی أندی گأنٹہٕ تہٕ کاو

رِندو سمسارُک تمہٕ نا

مٔشراو، مٔشراو پکھ مٔشراو



میٚ ژۆل ٹوٹھ یاوُن میٚ لوکچار رووُم
بہٕ رووُس میٚ باسیو سمسار رووُم
وُٹھس عارِضن دۆپ میٚ وزجار رِووُم
کنس دۆپ کلن زلفِ خمدار رووُم
سبٹھاہ کرٕ وٕ ٹھ آسن چھُ لوکچار راوُن
أچھو منٛزٕ بہارُک میٚ سبزار رووُم
ژٕ اوسُکھ تہٕ پرٕتھ کانٛہہ کتھاہ أس شوٕبان
ژٕ رووُکھ کتھن ہُنٛد میٚ اِظہار رووُم
نِمتی میٲنی ہاوس وٕ ٹتھ شینہٕ مانیو
میٚ ینہٕ پتہٕ دِلارام دلدار رووُم
شہلی گُل سوٕ ہٕی پھوٕ رِندو ہنگہٕ تہٕ منگہٕ میٛون
دَزُن تاپہٕ چھُم وہٕنٛی میٚ شہجار رووُم



دوس دُشمن خوش گرِم تن من وتن پیٹھ چھاؤِ چھاوی
بییہِ چھِ احسانا میٚے تھاواں یم جہانس ہاؤِ ہاوَی
نخقہٕ زُو گولم لُگن پتہٕ ئلی جگر زوُلم پُتُن......
داد ی لگہٕ ہنٛدی پأرِمتی چھِم خون جگرُک چاؤِ چاوی
ئلی میٚے زأنم دوس سأری دوس لیکن کُنہِ نہٕ کانٛہہ
پان باسن چھُم میٚے تنہا زن گرٛہان چھُس رأوِ رأوی
پرٛتھ اکھاہ خود غرض ڈیوٛھُم نفسی نفسی پرٛتھ اَکِس
دِیُت لوٗژر پانس میٚے یارن نِشہِ پٔنٕز سرِ بأوِ بأوی
بے وفا، بے عار دُنیا دِیہِ تہٕ آخر دِیہٕ میٚے کیٛاہ
رِنٛد تھو کمُت چھُس زمانس زخم جگرٕکی ہاوِ ہاوی



آدمن بے شکھ چھےٚ ترأوِمژ آسمانن پیٹھ کمنٛد
چھِس زمینس پیٹھ مگر اِنسان سأری ناپسنٛد
یُتھ ژھوپہٕ رٔوٕ دُس تہٕ تمہِ کھوتہٕ وتھ میےٚ کلہٕ پیٹھ کنٛز کڈٕ کھ
کلہٕ یمِس بڑوٚنہہ گنہِ میےٚ نومروٗم تمٕی ہاوِم میےٚ دنٛد
سام ہیٚژ دأ دین میےٚ پنہٕ نبن ووٚنی یہٕ چھِس پانے حکیم
کٔوت کالا روزٕہا کرٕوٗن چھوکن پنہٕ نین یہٕ گرنٛد
زہرٕ پیٚالے یوٚد پُٹن دیہِ قند زأنتھ پزٕ سُہ چوٗن
زہرٕ کھوتہٕ دُشمن چھُ جانٛک غأرٕ سُنٛد نابد تہٕ قند
ژالنُے چھےٚ توٚت ترٕیُن یٚیمہِ غمکہِ صحراوُک مہٕ ڈر
رنٛد صأبا گنہِ نہٕ گنہِ ما آسہِ یتھ سفرس تہٕ انٛد



لۆس دوہ بیۍ شام گوو ووٕنی اَسہِ تہٕ پزٕ واپس پکُن

دود ژھیٚون آرام گوو ووٕنی اَسہِ تہٕ پزٕ واپس پکُن

رۆ پھ تہٕ شُستر پرزٕ ناواں کُس چھُ یتھ بٔستی اندر

ییٚلہِ سونس یتہٕ ترام گوو ووٕنی اَسہِ تہٕ پزٕ واپس پکُن

ترٕی کُنڈی تاپس چھِ کھٔتمتی شپنہٕ مانیاہ ہیۆ چھُ نار

ٔلِی لُکن سرسام گوو ووٕنی اَسہِ تہٕ پزٕ واپس پکُن

آسمانس زن تہٕ وٕرأنی زمینس وٕژھ دِوتھ

محبتس نیلام گوو ووٕنی اَسہِ تہٕ پزٕ واپس پکُن

وق میے باسن چھم چھُ بیٚیہِ طوٗفانِ نوحسٕ منتظر
عالمس شر عام گوو ووٚنی اَسہِ تہِ پزِ واپس پکُن

پاد پھُلی اَسہِ برہمنن، پیرن، فقیرن پتہٕ پکِتھ
خاب زنہٕ آرام گوو ووٚنی اَسہِ تہِ پزِ واپس پکُن

دُوٗر شُنیس منٛز بہِتھ وون آفتابن زوٗنہِ کُن
گوو یہِ گوو اَز تام گوو ووٚنی اَسہِ تہِ پزِ واپس پکُن

پوٚز ؤنِتھ ناکارٕ گی ہُنٛد کارِ بد کور اَم رِندَن
عالمس بدنام گوو ووٚنی اَسہِ تہِ پزِ واپس پکُن



لولہٕ نارن اِضطرابٕچہٕ تارِ دِژنم زِیر بیٚیہٕ

ؤجہ نویو دادبو دِلس میانِس نۆوی زنجیر بیٚیہٕ

ینہٕ بہٕ تھنہٕ پبوس تنہٕ دِوان چھُس اِمتحانئ امتحان

کھاٗلی تَن ووٗنی کھاٗلہٕ کرٕن کہہ وچن تقدیر بیٚیہٕ

چھِم اَچھن منٛز خاب نۆوی نۆوی پرٕتھ شبس وتلان مگر

چھا خبر کتھ مرحلس پیٹھ کرِ دغا تعبیر بیٚیہٕ

عالمس ما دۆر گژھِ اوکنِ مزاژچ برٛہمی

نیرِ یۆد کانٛہہ مُنصِفا کانٛہہ عادِلا شاہمیر بیٚیہٕ

اَکھ تہِ اوسُی ییتہِ غریبس آلہِ نیرِتھ تالہِ ژیل

بوزِ ناٗوس مُنصِفو پیٹھ حکم دارو گیر بیٚیہٕ

زانِہہ تہٕ مُمکن چھُنہٕ پناہ کُنہٕ شیشہٕ محلس منٛز مگر

کیٛاہ سنا سوٚنٛچتھ کران اَسی گرٕہ تھِ تعمیر بیٚیہٕ

کس چھُ معلوم آسہِ کُس طوفان بُتھِ اَسہِ منتظر

رہبرا ڈیوٗٹھُم کران کھُری دار ہیٚو تقریر بیٚیہٕ

ژٕری وٕتھ دژایوس مأدانس اندر بہٕ تہٕ گندِنہٕ اَز

دژہہ ڈبکس کھٕژ آسمانس لوٚگ اسان تقدیر بیٚیہٕ

وأعظس چھُنہٕ باسنی کانِہہ اَکھ تہٕ بیٚتہٕ سینٕر وتہٕ پکان

اَنہٕ ڈبہٕ منٛز ظأہرا وُچھ أمی پُنُن تصویر بیٚیہٕ

پوشہٕ چمنٕس سوی وٕتھ أم کور گنٛڈیُل دژمنا تیار

باغوانس وونی سنا کُس غم چھُ دامن گیر بیٚیہٕ

نوکتہٕ دانن آو خوش بیٚتہٕ میٚون انداز بیان

نوکتہٕ چینو ہیٚتی مگر سوٚمبرِنی کتھن ہٕنٛدی تیر بیٚیہٕ

کوٚت کالاہ روزِ رِندو کالہِ اوٚبرُک زال ہیوٗ

نیرِ نوٚن اختابہٕ اَکہِ دوہہ پھیرِ اَسہِ تقدیر بیٚیہٕ



خیالن مَنز ژ روُزکھ ہمسفر میٲنۍ
تِتھے کٔنۍ وٲنس گٔیہِ سٲری بسر میٲنۍ

نگارو کیاہ وَنے اَتھ دولہِ وُچھنس
اَمی گر زندگی زِیر و زَبر میٲنۍ

ژ ون بادِ صبا للّٰہ نگارس
تسنٛزِ وتھ وُچھِ وُچھی ووٚنۍ تھچ نظر میٲنۍ

سنا کر دارِ بَر مُشرکھ ژ عرِشکی
صدا چاٚنبن کنن تام واتی کر میٲنۍ

دِلس کوٚرتھم عنایتھ دود لولُک

تہٕ پتھ پھیرتھ ہیٚژتھ مازاہ خبر میٲنٛز

نہَ چھُم پتھ کانٛہہ نہٕ برٛونٛہہ کانٛہہ ستی سفرس

یہَے بےٚ تأبیا المختصر میٲنٛز

رفیقن، دوستن، پنٕہ نٮ۪بن تہٕ پٔردبن

چھےَ باسن پژتھ کتھاہ رِندو زہر میٲنٛز



☆

دردِ دل گژھِ ہم قدم آسُن میٚے سفرس ءستۍ ءستۍ

اضطرابا آسنوی گوٚژھ ﹺگندنہٕ اَسنس ءستۍ ءستۍ

ٲتسی گژھان وٕصلچ خوشی یتہِ یُس فرِاقٕچ ژٲلہِ دگ

عیٚنز ہُنٛد آو آو آسن شامِ عرفس ءستۍ ءستۍ

معرفت پانَے چھےٚ ژھانڈن عارَفس پنہٕ ﹺنس مگر

ساز آفاقی وُزٕنی گژھی جذب وسوٗزس ءستۍ ءستۍ

کیٛاہ سنا حاصِل گژھم سجدن اندر اَتہِ دوستو

چھُس پکان قدمس قدم ﹺملہٕ وِتھ بہٕ گنہس ءستۍ ءستۍ

اَسہِ چھِ ووٕنی آداب بدلاوٕمتۍ دُعا منٛگنٕکی ﹺرندو

فصلِ بٲری ٲسی چھِ کانٛچھان حرص وطمہس ءستۍ ءستۍ



اِضطرابس پیٚیہٕ غنبدٕر ہِش محبتس لۆگ شاپھ ہیوٚ

یا تہٕ چھُنہٕ دودُی دِلس نتہٕ ژوو دادیو ڈاف ہیوٚ

اوس رتھ یوٚت تام گربکہٕ وُن وُچھنہٕ میےٚ تہِ بُترأ ژی کُن

تیٚلہِ وُچھم ییٚلہِ گوم الفسؔ دالؔ، دالسؔ قافؔ ہیوٚ

یِتھ نظامِ کأینا تس زن چھُ کورمُت کأنسہِ جود

تاپھ اوٚبرا ہیوٚ چھُ باسن اوٚبر باسن تاپھ ہیوٚ

آدٕمن ییٚلہِ ہیوٚت وُنن نیلِس وزُل وزِلس سیاہ

آسمانس لُجی گُنی تھر گو زمینس زاپھ ہیوٚ

☆

دوستن پنٕہ نین تہٕ پرٕ دین ہنٛز چھےٚ یتہٕ کس پأری زان
ییٚلہِ یہِ سوٚنچان چھُس تہٕ جِگرس چھُم لگن زن کراپھ ہیوٚ

شینٕہ بالُک ہیوٚ جِگر چھُم ریگہٕ زارُک ہیوٚ صبر
وۄنی میےٚ باسن چھُم تَسُنٛد پرٛتھ کانٛہہ سِتم اِنصاف ہیوٚ

کوٚٹھی نَسا آسن چھِ اَپزٕس رِٙند صأبا پوٚز چھُ پوٚز
ننہِ حقیقتھ پأنی پانٕے ییٚلہِ کتھن لگہِ ژاپھ ہیوٚ



بیقلن کوٚ زندگی ہندی نیاے انزٕراوٕنی میےٚ ہیٚتۍ

نالی ترٲوِم گنڈی تہٕ غارن پوش پلہٕ ناوٕنی میےٚ ہیٚتۍ

گیہِ ژھیٖتھ ساری تہٕ زن چھُس قادووپرن منٛز بہٕ اَز

اُلفتکی کینٛہہ اُم پن ییلہِ زورٕ ابساوٕنی میےٚ ہیٚتۍ

یاتہٕ گوٚ ژھ آسُن علِم نتہٕ اوس منٛدٕ چھُن میٖون دُرس

نوٕی نووی تعبیر دِتھ ییلہِ خاب منٛد چھاوِن میےٚ ہیٚتۍ

تِم تہِ گیہِ شرمندگی ستۍ آب بہٕ تہِ گوس آب آب

موختہٕ زاٮ نتھی شبنمکی ییلہِ قطرٕ سوٚنبراوٕنی میےٚ ہیٚتۍ



تروو آخر اِضطرابن، محبتن، عشقن تہِ تھکھ
یاوُنک ییٚلہِ نار سوریو گیہِ ختم بانس تہِ گرٕ کھ
أس ییٚتِس وتھ سٔترٕ توٚت تام أچھی ؤتھی پوٚ گُس
کھُنٛد لوٚگم بُتھِ آو ییٚلہِ بوٚڈھ اوٚر رکھسنۍ کھوٚت میۍ پھرٕ کھ
أسی ونان گٔی وُچھ سٕہ عُقبے ییٚتہِ یہِ تگہِ حاصل گرو
زبِ تھیکان ایمانِ محکم چھُم دِلس وسواس و شکھ
دوستو مُشکِل سبٹھاہ مُشکِل چھُ نفسک اِمتحان
أسی کٔین ایمان تٔتی تھٔی میلہِ ییٚتہِ نس توملہِ ترٕ کھ

خاب وُچھ وُچھ کٔی سنا اَز تام مَنٛزل ہیوٚک رٹِتھ

پکہٕ وٕنِس سٔد رس چھِ تھاوان میٛوٗ تہٕ سیٚکھ أسی بڑٕ وٕنٛتھ ڈکھ

گٔتہٕ سنا مُمکن چھُ واتُن مَنٛزِلس پیٚٹھ وقتہٕ سان

پننہِ اتھ پنہٕ نبن کھورن ییٚلہِ آسہِ ژھنمُت پانہٕ مکھ

جوشہٕ وِزِ گژھِ ہوش روزُن رِنٛد صآبا ہوش کر

نیرِ کیٛاہ اَتہِ أسی دِمو یوٚد شِشتٕرس کلہٕ ستی دکھ



☆

یاوُن سوریوو روُٹھ ییٚنبرزل مسول سُنبل گُل اَفتاب
توت تام اٚس ییٚم میانٮ۪ن خابن ییٚم تہٕ وُچھان اٚس میأنی خاب
ژلہٕ وُن ژلہٕ وُن دِل اوس باسان ژلہٕ وُنی زنہ تہٕ نظر
پڑتھ رویس پیٹھ باسان اوسم گہہ تڑاوان حسنٕک مہتاب
شہلٮ۪یک شہجارُک نہٕ تمنانے طوٗفانٕک ڈرتے بیم......
سیکہِ پل اٚسم مخمل باسان کٔنڈی تھرِ باغہٕ بیرِ تہٕ گُلاب
ووٚنی ییٚلہِ ہنگہٕ زٔزُر چھُم ژٲمُت تاپھ شہُل چھُنہٕ خوش میٚے کران
گاش اٚچھن ہُند تھوٚکمُت تھوٚکمُت پھُٹمُتی پھُٹمُتی ساٚری خاب
کتھ لگہِ رِندو چأنی نِدامتھ یاوُن سوٗرتھ اَز ونتم
توبس مٔنز ژٕ تہِ آکھ مگر کر؟ سٔری پیٹھی کِن ییٚلہِ گو سہلاب



دوستو ییٚہِ تٔسی حرف لفظس تہٕ اِظہارس میٚۓ کیٛاہ

وعدٕ دِیتمُت چھُن اگر وونٕ ڈول سُہ اقرارس میٚۓ کیٛاہ

پوٗنپرس زٲلِتھ أشس دوراے أنٛجی شمٕہس، وونُن

سُۓ دزان یُس پان چھاوان دزٕونس نارس میٚۓ کیٛاہ

سیٖنہٕ گژھِ نا کینہٕ روٚس آسُن تیٚلی ژھٹہِ نوٗرِ دل

مانجہِ نے دِلکس اگر ییٚتہِ کانٛہہ تہِ کرٛینہارس میٚۓ کیٛاہ

وون گلابن چھُس حسیٖن کرِ کیٛاہ کنڈٕبن منٛز قٲد چھُس

کانٛہہ اگر فلوا گوٚمُت میأنس چھُ وٕزجارس میٚۓ کیٛاہ

اَز اگر اتھ چھِس گمِتۍ رتہٕ دأوی گژھنس بیقلٕس

باغٕہ وانن پانہٕ ووٚوٕمتۍ گٔنڈۍ چھِ گُلزارس میٚۓ کیٛاہ

رِنٛد چھُس پوٚز چھُم وُنن اَپزیور کأژا ٕکٹھ کڈیم

بُے اگر منصور أمی زوٗنس بہٕ کھسہٕ دارس میٚۓ کیٛاہ



میےٚ چھُم خبر بس پڑی زِ دِیُن چھُم حِساب آخر میےٚ پرتھ جہانس
حِساب رژِھ رژِھ اگر میےٚ یتہِ چھُم حِساب تتہِ چھُم میےٚ دانہٕ دانس
ژٕ نتبس میےٚ تھاۓ وۄمژ چھےٚ چاۓنی رٕحمت اگا دِژٕ ری پاۓ ٹھی چھس حرامس
"خدایہ لگے ہےَ بلایہِ ناوس غلاف میےٚ تہِ تُل نہٕ زاہ قرآنس"
چھِ پوش ساۓنی چمن تہِ سوئے بہار چھاوُن چھُ کیا زِ غاۓرن
خطا سنا کیاہ چھُ باغہٕ واۓلین؟ سوال پُژ ژھِ کُس یہٕ باغوانس
یہِ سون شہہ ماچھُ گاسہٕ دژ منگ چھُ ہرِ سوران تہِ سونتہٕ وپدان
یہِ چھُنہٕ سُہ سودا دوبارِ بازر گژھِتھ ہمیوٚ کُنہِ نہٕ کُنہِ دُکانس

☆

پھِر ان رٕ‌وٗ دس بہٕ سوٗنچہِ ڈینجن سُہ رٕ‌وٗ د پراران یہِ ما منگیم کینٛہہ
میےٚ تلُی نہٕ اَتھِ تھوٚ دبہٕ زن تہٕ منٛدٕ چھیوس سُہ روٗٹھ لوِگن قُلف دُکانس
یہِ واوِ طوٗفان تہٕ نارٕ وُزمل ترٛٹن ژھٹن ہُنٛد عجیب موسم
میےٚ آسہِ ہے ناو سدرٕ کڈٕمژ مِزازٕ برہم چھُ آسمانس
یہِ وق نسا چھُی تیار ہرگز پزر ونکھ یتہِ تہٕ کاٗڈی کڈنے
سنا غرض کس چھے رِنٛد صاۓبا سوتھاوِ کن بے غرض فسانس



ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کیاہ گوٚویہٕ اِنسانس تہٕ بُتھی آوُس مقام
ژٕج اُچھومنٛز کوٚت سوٚ شفقت گوٚو سنا کوٚت احترام
گرٛزوٗنبن شہرن اندر ووٚپدیہٕ خاموٗشی ژوٚپاۍری
شہرِ خاموشن اندر وُچھتو چھُ گرٛز ییٚتہٕ شہرو گام
گاڈِ ہٕنڈی پاٗٹھی شرٛاوٕنکی تاپن ہیٕ تونس تاوِ منٛز
نار ووٚپدیوٚ آب گو نابود دیہِ گُس تریشہِ دام
زانہِ کاٗیتن اٗنہرن خابن پوٚتس گوٚ بٕزنہِ بُتھ
ییٚلہِ ننیوٚ وسونہاٗری ہانکل خاٗہشن ہٕنٛز اُس ترام
کینٛہہ نسا ٹکی وِن والین نہٕ بوزن والنی
بارسس اٗمتۍ چھِ وقتس مُقتدی ژٕری گلی اِمام
گاش ماوٗ چھ راتھ زیٹھییہ اَنہِ گوٚٹی اَنہِ گوٚٹ ژوٚپاۍری
گوٚ رِندوٚ مُشکِل وُنن کر صُبح پھوٚل کر آو شام



پُٹن رفتار ییٚلہِ ہوو خوش خرامن

گُلو مُستی اندر دِیُت چاک جامن

گمژِ ینۂ آدِمس آدم رَتچ ہأل

تتنے ووزلوو بُتھ ہے آسمانن

خُدایَس نِشہِ بجر اعمالٕنۍ ہُنٛد

وچھان انسان چھِی ذأژن تۂ ~~کرامن~~

تمِس أس زہٹھ زیو مأدان زیوٗنن

بہٕ ماپوٗشُش تمِس طژن تۂ پامن

نینٛدر پییہِ خُطبہِ وِزِ لوٚکن تۂ پتۂ پاں

پرٛژھان أسی اکھ أکِس کیٛاہ وون اِمامن



دِل ووٚلُم ییٚلہِ عشقہٕ نارن، دوٚد ڈزِتھ صحرا بنیو و
دِلبرو کیٛاہ کیٛاہ وَنے اَدِ میانہِ حقہٕ کیٛاہ کیٛاہ بنیو و
ناو ییٚلہِ واُجم میٛے سٕدرس منٛز ننٛہٕ وتھی مدو جزر
وارِیاہ ژوٚلُم سِتم، آخر ستم گیوندنا بنیو و
شہر ترٛاوِتھ ییٚلہِ ژوٚلُس بیوٗٹھس ونس منٛز دوٗر پتھ
فِکرٕ تے غم ستی آیم اَتی نوٗوی شہرا بنیو و
کُس چھُ یتہِ نس یُس نہٕ دعویٰ پاکبازی ہُنٛد کران
کٔمی سناوُچھ وُرِنہِ تٔلی اَنہٕ گژُھس کیٛاہ کیٛاہ بنیو و
ژوٚل ییٚلہِ اَمی تاپہٕ ترٛرا عشقہٕ صحراوُک سِزٕ کرٛوٗٹھ
رفتہٕ رفتے طاؔلبا اکھ چون اَدِ رِندا بنیو و



سُہ مہربان جائٕ یار دِلبر چھُ کیٚاز نامہربان گوٗمت
اگر سُہ آمُت تہٕ آسِہے ما یہِ میٲنۍ دِل گُلستان گوٗمت
میےٚ جوٗگی لاگتھ سوال کورمس ژٕ جلوٕ ہاوٕم مگر کٔٹھُن روٗے
أچھن اندر خاب زندٕ گژھن سویوٚد میےٚ پٔنٕتھ مہربان گوٗمت
میےٚ تُجی نہٕ کریکھ دِنۍ ملالہٕ گوتس پھرِتھ ژھنن دارِ برا چانکھ
عرض یہِ کورمس ژٕ پردٕ مُژراو دپُن ژٕ چھُکھ سرگران گوٗمت
خلق تہٕ حاکمِ غلام طمہک چھےٚ پھمبہٕ توٗنبس زن پمپٕژ تیٚنبر از
زمین پھیٚہہ پھیٚہہ کران چھےٚ لجُمژ تہٕ ترامہٕ رنگ آسمان گوٗمت
میےٚ ییٚلہِ پُرژھس کتہِ چھُ چوٚن دِلبر سوچِن طالب سُہ رِنٛد چونے
ڈیکس کھٔژِس درہہ تہٕ تورٕ دوٚ پنم سُہ آسہِ ما أز جہان گوٗمت



ژونونِ طرفن چھُ ہے ہے کأنسہِ پرژھنس ماچھُ باتھ
اَز چھُ بحرانس اندر باسن میٚے سوروی کاینات
سوی چھُ کامل سیٚود نظر یَس ترٛاو معشوقن تہٕ بس
عاشقس کیٛاہ ڈٕلۍ زِ یوٚد ووٕنۍ چھُنہٕ کران کانٛہہ کتھ تہٕ باتھ
دل چھُ بُتخانہٕ بنیومُت أسی کران پُوزا چھِ أتھی
پرٛتھ دِلس مَنٛز زانہِ کأیتاہ اَز بُستھ لات و منات
پوٚحتہٕ کارن جذب و مُستی خام کارن ژھوٹ نظر
أمی وُچھا زاہ رنگ ونسلس عشق زانیا کرام ذاتھ



گُمانہٕ والے ژینہٕ یہٕ سوٚنچکھ حسین یا مہربان چھُ دُنیا
اگر ژٕ بوزکھ اَپُز چھُ سوروی فریب دُنیا گُماں چھُ دُنیا

چھِ وعدٕ اَپزی، قسم تہٕ اَپزی، یقین کُنہٕ کتھِ کرُن چھُ مُشکِل
مہٕ ود دِلانتہٕ وُچھِتھ ژیٚے کیاہ یتہٕ فریب کیاہ کیاہ دِوان چھُ دُنیا

سمبٕھاہ چھُ مُشکِل یہٕ پرٕزناوُن، چھُ دوس کُس یتہٕ تہِ کُس چھُ دُشمن
یہٕ کُنہٕ چھُ دستارٕسی دِوان تھف تہٕ کُنہٕ کھورن تل یوان چھُ دُنیا

غریب اٲسِن، فقیر اٲسِن، امیر یا پادشاہ اٲسِن
دِوان بُتھِی بُتھِی چھُ پرٕتھ اکھا اَدٕ کٲمِس سنا مہربان چھُ دُنیا

وَنن چھُ پٲنس یہٕ رِند لیکن، چھُ ساد کوتاہ اٲمِس خبر چھا
چھُ ژۆ رِموٚلن یہٕ دزٕوت واین تہٕ سگ تہِ پترن دِوان چھُ دُنیا



پأرِ زانِے ڈِج اَچھو منزٕ یتھ جہانس گوو یہِ کیٛاہ
کانٛہہ نسا ییٚتہِ کانٛسہِ پرٕزٕ ناون زمانس گوو یہِ کیٛاہ

سأل کٔرِ کٔرِ واو ہرٕدُن گرٕ پٔتُن مہمان اوٚن
وونٛی چھےٚ حارانی جہانس گُلستانس گوو یہِ کیٛاہ

گُل تہٕ ڈٔدی گُلشن تہٕ دود دریاو ہوکھی بُتراتھ دِز
کوٕ ڈیکس چھین کھأجمٕژ دریہ آسمانس گوو یہِ کیٛاہ

لونچہِ گٔنڈ تھأوم کٔرِتھ تم سنٛزٕ میےٚ پرٕتھ کانٛہہ کتھ مگر
میٛأنٛی کتھ لتہٕ مونچہِ کٔرِن تَس جانِ جانس گوو یہِ کیٛاہ

زانہِ کتھ کتھی روٗٹھ ساقی پیٛالہِ چھوٚن تھوٗون یہِ میٛون
رِند حأرانی میےٚ چھم تس راز دانس گوو یہِ کیٛاہ



دِل میٚنۍ دیتوے ژٕ یٚے اِضطراب دِیوٚ تُتھ

میٚانہٕ لولُک یہٕ کیُتھ جواب دِیوٚ تُتھ

وعدٕ وٕفہُک گُرِتھ ژیٚے پھُٹرِتھ دِل

دلبرو غم ژیٚے بے حساب دِیوٚ تُتھ

لولہٕ مس باگران ژٕ لۄکن چھکھ

تاپہٕ دزٕوُن میٚنۍ اَکھ سراب دِیوٚ تُتھ

تریشہٕ لولچ یہٕ کریشٕنۍ رۄدُس

یتھ نہٕ تعبیر کانٛہہ سُہ خاب دِیوٚ تُتھ

مست نظرو ژٕ چھکھ وچھان غاٗرن

دِل ژٕیے زۄلتھ رِندَس عذاب دِیوٚ تُتھ



میٚے کرٛوٗٹھ پٔو غم تَسٔندی فراقُک دِلس میٚے سَن دِتھ سُو پہر در ژٔول
اگر سُو وُچھہے میٚے خونِ ہاران سُہ سنگ دِل سرگراں تہِ وَدِی ہے

میٚے پھٔٹ نہٕ وأنٛج نہٕ ژٔوٹ میٚے سیٖنے تَسُٔند وُنٛن اوس یہٕ غأرنی ءستی
ؤوں یوٚ دسوآسُن میٚے نِش سُہ وُچھہے تہٕ پانہٕ نامہرباں تہِ وَدی ہے

بٔنتھ یہِ کیٛاہ گُلشنس چھُ آمُت چھُ نارٕ قہرن ژٔوپأری وولُمت
اگر اِجازتھ یِمن تہِ آسُن بہار وَدی ہَے، خزاں تہِ وَدی ہے

دِلس میٚے گُزریہِ کوسہٕ قیامتھ فریب وفہُک میٚے ہیوٚک نہٕ ژألتھ
اگر کتھن ووٚنی خُلاصہٕ کرٕہا حرف حرف داستان تہِ وَدی ہے

اَمیٚے یِمن پانہٕ دوٚپ زِ رازس میٚے پرٕدٕ کرٕ زِیوٚ نتے خبر چھا
وُچھِتھ رِندٓس بے قرار یوٚتاہ زمین کیٛاہ آسمان تہِ وَدی ہے



لالہٕ گُل مسٔول تہٕ سُنبُل گلروخس چھأوِم تہٕ دراس

دامنس مَنٛز حسرتن ہٕنٛدی موختہٕ سنبرأوِم تہٕ دراس

ییٚلہِ نہٕ اوسُی ہٕسمتس میٲنس لیکھِتھ باغُک بہار

شینہٕ مأنین تل پَنٛنہٕ ہاوس میٚے اِدٕ سأوِم تہٕ دراس

بأگراوُم دوستن، پَنہٕ نین تہٕ پردین مَنٛز خوشی

پَننہِ حقہٕ سأری زمانٕکی غم میٚے لیکھنأوِم تہٕ دڑاس

دوستی ہٕنٛدی رشتہٕ نوزُکھ ما ژھینبن تھپہِ میٲنی ہتی

اُلفتُک ییم آمی پن سأری میٚے ابسأوِم تہٕ دراس

باوِ ہا کس حالِ دِل یتہِ اوس کُس غمخوار میٲن

غم پَنٛنی سینس أنٛدٕری میٚے ویرٕھنأوِم تہٕ دراس

رِنٛد ما زونس بہِ کلوالن میٚے تھوٗن پیٚالہِ، چھوٗن

خونِ دِلکی پیٚالہٕ بٔرۍ بٔرۍ میکشن چأوِم تہٕ دراس

# ٹُکھ

علمہٕ روٗستے کلام چھُنہٕ شوٗبان

چھوٚن تہٕ ژھوٚر کأنسہِ جام چھُنہٕ شوٗبان

عشقہٕ والین طمع نہٕ حاجتھ کینٛہہ

عشقہٕ رٕستین مُقام! چھُنہٕ شوٗبان



أکے کأما چھےٚ در دُنیا امیرس

غریبس زورٕ کلہٕ ٹھاسن تہٕ بیٚیہٕ کیٛاہ

یہٕ دُنیا بے زرس چھُنہٕ زانٛہہ تلان بوٗج

چندس منٛز پوٗنسہِ گوٚڈھِ آسُن تہٕ بیٚیہٕ کیٛاہ



میےٚ بڑ وٙنہہ کنہٕ ساۓ قین چھون جام تھوٗ ن
ونین کتھٕ واریاہ اِبہام تھوٗن
خطا کس اوس سنہٕ معلوم چھُنہٕ کینٛہہ
اماپوٚز میٛانہِ کلہٕ اِلزام تھوٗن



ارمان کھاۓلِتھ باٴمنی نہہ ناۓوی کہٕتی ژٕٹ
کم لعل مبٛڑی مَنٛز ساۓوی اَسہِ مُشراوی کتھٕی ژٕٹ
وُپھ آسمانس ہیٛڑ گہے، گاہ ہیوٚت ژھنٛڈُن پاتال
ہاوس پٕنن کتہِ نہٕ اَسہِ گلہِ ناۓوی کتھٕی ژٕٹ



بہٕ یۆد ووٚنی ماسٹر چھُس توتہٕ کیٛاہ گوو
نٮ۪چِو ایکزیکٹیو انجنیر چھُم
نپا نپہٕ کران ئو کوٗٹھی تمی ہٕنز
بہٕ چھُس پرٕانِس مکانس منٛز یہٕ شر چھم



دۆیِم وستاد گرٕ ٹھِ ڈیوٹی زبر دِیُن
چھِ گاہ مکی شُری پران میٲنِس سکوٗلس
ریتک تنخاہ میٛے گرٕ ٹھِ گرٕ واتناوُن
بہٕ چھُس پابند سٕخ پننِس اصوٗلس



ہیٚندیو، سِکھو، مُسلمانو عہد کۆر
چھُ گاٗلُن نیال یخلاصس تہٕ لوٗلس
رِندو حیس کٔر زِنیہٕ چکھ چوٗر کرنے
ژٕ چھُکھ کنٕی ہیتھ بہتھ منٛز شیشہ محلس

# أدمی کھاو صحراو

گٔنڈ بول دزمنا ژھوٚنڈُم تل یٔدی ژھینِتھ پیٚیہِ
تہٕ بُتھِ صحراو ییٚلہِ ڈیوٗٹھُم
بہٕ ؤسی پیوس
وبکھُت

وأنا کھاکھ صحراو دزٕوُن
یہِ اوس پھیٚپہ پھیٚپہ کران منٛزتاپہٕ کراین
نظر ہےَ بُنگ گیم زیونٔج میٚیے تأس
بہٕ وُچھنس

أمی گرٕ زُن ہیٚوٕت خوش سبٹھاہ گوو
أمِس اوس مییُون رتھ چیتھ زنٕد روزُن
أمِس زن خونِ آدم راس آمُت

میےٚ ہیؤی آءمتی وُنِس تام اُسی کائیتاہ

تہٕ اَتہِ

رَتہٕ چھٕھ گمتی دِتھ بس یہٕ مانٛتھ

یگاہ یا کاٛلی ما سبزار نِواتھ

مگر صحراو چھاسۍ راب سَپدان

اُمِس لٔجمٕژ چھےٚ زیوآدم رتس ووٕنی

بلایاہ یِژھ اُمِس چھِنہٕ ترلیش ہمہٕ نی

خُدایا چارٕ کر

کر چارٕ سونۍ

# بے بسی

بہٕ چھُس نختے لۄکن ہٕنزی دأدی پالن

بنےَ ٕمتۍ زخم جِگر کی چھِم میٚے نأسُور

خبر! اِدٕ عأب ونہٕ وا ِکنہٕ صِفت اتھ

خوشی تژ اوِتھ لۄکن ہٕنزی غم سنٛبا ِلن

پھۄلُس بے شکھ بہٕ پۄشا ہیوٚ مگر کتھ

ہرُ د توٚت تام اوس ژامُت نِشاطس

وُچھُن کِیُتھ اکھ حسین نُندہ بون پۄشا

وُچھان یُس وُچھ وُنی روزان تتی نَس

گٔنڈین مَنٛز چھُس بہٕ ہیٚنہٕ آمُت گولا با

تہٕ ہنہِ ہنہِ چھِم بہٕ تن رَتہٕ دأوی گأمٕژ

مگر باطن میٚ کیٛاہ چھُم گَس چھُ معلوم

کھٔٹِتھ أندری میٚ چھِم طوٗفان کأیتاہ

گٔمتی سیٖنس اندر ارمان دمہٕ پھُٹی

یہٕ کأتین ہاوسن ہُنٛد چھُم میٚ مدفن

وُٹھن وُٹھہِ گرِ أچھن زن گاش تھوٗ کمُت

بہٕ چھس خاموش وأنٛج چھیم چیوان رتھ

# خاب (خٲرتہٕ شَر)

میٚ شبہٕ اَکہِ اکھ ویکھُت ہیٚو خاب ڈیوٗڈھُم
وُچھم زن بڑٕ وٕنٹھ کنہٕ جنتھ تہٕ دوزُخ

میٚ دوپ جنتس تہٕ رِندٕس چھُنہٕ ہِشرِ کینٛہہ
جہنم کُے وُچھُن گوَو حال بہتر

نظر اتھ کُن تُجم دمہٕ پھُٹُڈ بہٕ سَپدُس
نیمازین ہُنٛد جلو سا وُچھ میٚ اتھ مَنٛز

یِمَو ڈیکہٕ تام گھُمت سُجدہ کٔری کٔری
سبٹھاہ حاران سَپدُس أنٛدری أنٛدری

خُدا ایَن کوسہٕ سنا ترٛٹھ چھِن یہٕ ژھبنہٕ مٕژ
أتِی ہیٚ اکھ نِداے غٲب بوٗزِم

ژٕ بندو کیاژِ چھُکھ حاران یوتاہ

میٚے دوپمس یتھ عذابس منٛز نیمازی

یہٕ ہے وعدس سراسر گیہِ خلأفی

خُدایا وَن ژٕ چھُکھ بے عار کوتاہ

یہُے انجام رسمِ عاشقی چھا؟

یمے گیہِ نا میٚے دوپنم تِم نیمازی

پھِران تسبیح چیوان خونِ غریباں

کران سودا پران أسی ربِ اغفرِ

مگر ٔستی وٹان مالِ حراما

یہٕ اوس وقتِ فجر بیدار سَپدُس

رِندو پانس سبٹھاہ بیزار سَپدُس

پرُژھُم پانس ژیٚے ما چھُی لور کینژھا

حرامُک بیٚیہِ حلالُک چھُے تمیزاہ

رِندو أخر یہٕ دُنیاہ ترٛاوُنے چھُے

حِساباً ذرِ ذرُک خأرُک شرُک چھُے

## مرنہٕ پتہٕ

ہاوٕ کس سینس میٖنٛ کُس پرٕژ پار گوو
باوٕ کس کم چھوکھ میٖنٛ دِتھ دِلدار گوو
پانہٕ ترٛاوِتھ مژٕ نینٛدٕر بے عار گوو
مژٕ نینٛدٕر آسم کرِتھ بیدار گوو



دور اَسہِ نِشہِ دوٗر لچھ بٔدی کوس ژوٚل
دوستن ہُنٛد دُشمنن ہُنٛد دوس ژوٚل
زر تہٕ پر دونوے میسر اٗسی لس
پرٕژھینن ہنٛدی پاٗٹھی کوٚت پرٕژھتوس ژوٚل

ہنگہِ تہٕ منگہِ کوٚت میٚون یاوَن رایہِ گوو

کمہِ سنا کتھِ دل پھُٹس کتھ شایہِ گوو

چھِم خبر بے شکھ سُہ پزٕ رچہِ جایہِ گوو

ونہٕ بہٕ گس لیکن میےٚ یاوُن ضایع گوو



کٲمؠ سنا شِترن بٔرن مِترس میےٚ گن

کوٕ ہیوتُن دوریر میےٚ نِشہِ زٲ جن میےٚ تن

میٚون حالِ بدوُ چھِتھ لیکھی شاعِرن

نارٕ دزٕوُنی شعر تِم بأوِن لگُن



غمزدن ہُنٛد دوس اَکھ غمخوار گوو

بے کسن ہُنٛد مُفلسن ہُنٛد یار گوو

سرفرو شا اکھ امانتھ دار گوو

زن تہٕ پیٚیہِ وٕسی بوٗنی اکھ شہجار گوو

چھےٚ خبر کأتین دِلن لۆگ نار اَز

چھےٚ خبر کأتین گرن پیو بار اَز

چأنہِ رۆس کوتاہ ویکھُت سمسار اَز

کھینہِ یِوان پَنہٕ نُے میےٚ چھُم لوکچار اَز



ژےٚ تہٕ کورُتھ حأصِل مُقام عأّلی مقام

دِلبرو دوہلی مگر اَز گوٕو میےٚ شام

چأنہِ مرنٛچ زنہٕ تہٕ دِیژنم کأنٛسہِ پام

سُور بدنس گوم چشمن گوٕو میےٚ ترام



لول نادارن برُن گوٕو زندگی

دود غارن ہُنٛد سُرن گوٕو زندگی

ناوِ رۆس سٔدرس ترُن گوٕو زندگی

نوجوأنی منٛز مرُن گوٕو زندگی



شۄچھ یِہے خابس اندر ژٕمُر ؤنی رِندسٓ
بے ضمیرن غرضہٕ کین بندن ژٕ ون
چونچہٕ وازن بیٚیہٕ چُغل خورن ژٕ ون
چاپلوسن وقتہٕ کین بندن ژٕ ون
وقتِ آخر تۄہۍ تہٕ ما سٔدرس ترِو
وتھ رٕٹیو پزٕچ وفا وعدس گرِو

Mrs. [illegible] Naqvi
Director General
All India Radio
Akashwani Bhawan
Parliament Street
New Delhi
110001.

---

پیٚے دِمس کیاز چھُس معتوب بوٗ دٕیوت
دِتھ ژھوٗیہ کرِ چھےٚ سورُوی اختیا گٔژھ



## طالب حسین رِنٛد

رِنٛد بھدرواہ چھِ بھدرواہ علاقس سٍتۍ تولُق تھوَن وألۍ، بالہٕ یپأرۍ کأشُر زبأنۍ ہِنٛدۍ اَکھ تازٕ فکر، خوش اسلوٗب تہٕ اَکھ تاہ دار فِکری بصیرت تھوَن وألۍ شاعِر تہٕ أدیب۔ یِہُنٛد باوژیل رمبہٕ وُن، معنہ سۆد تہٕ طرح دار چھُ۔ اتھ سرتازٕ کلامس مَنٛز چھُ مختلف رنٛگن ہُنٛد وہراو موجوٗد۔ یِمَن مَنٛز اخلاقی شوٗزر، حُسن و جمالیات، عصری آگہی، قدرن ہِنٛز پامألی تہٕ شاعِر سُنٛد کربِ واحوال کہِ تہٕ اِحساسِ تنہائی ہِنٛدِ اَکہِ سنہٕ تہٕ سٕوٗنہٕ دردٕ سوٗزِچ عکأسی موجوٗد چھِ۔ یِم چھِ مختلف زمینن مَنٛز پَنٛنۍ جوہر بٕہ کڈان تہٕ یِہنٛدِس کلامس مَنٛز أکِس دِل بسیأرۍ سٍتۍ سٍتۍ طنز و ظرافت چِ تہٕ اَکھ زیرن لہر موجوٗد۔ یہٕ کلامہٕ چھُ یتھ علاقس مَنٛز پَنٛنۍ نُمایندگی کران تہٕ کأشِر زبان وادٕبکۍ پَنٛنۍ خاص اَنہار تہٕ پژ زتھ بدِ کڈان۔

مخمور بانہالی